# لیہلاو

(کأشر شعر سومبرن)

قاضی ہلال دلنوی

مصنف ـــــــــ قاضی ہلال دلنوی

کِتابہ ہُنٛد ناو ـــــ لیہلاو

چھپن وٕری ـــــ ۱۹۹۷ء

تیداد ـــــ اکھ ساس

صفہٕ ـــــ ۱۵۰

موٗل ـــــ اکھ ہتھ تہٕ پنٛژاہ روپیہ Rs.150/=

خوش نویس ـــــ قاضی عاشق حسین۔ چھانہٕ کھن سوپور

سرورق ـــــ محمد یوسف بچہ۔ خانقاہِ معلےٰ سوپور، قاضی عاشق حسین

چھاپ خانہٕ ـــــ جے۔ کے آفسیٹ پرنٹرز دہلی

کتاب میلنک نیب

قاضی ہلال دلنوی، دلنہ بارہمولہ کشمیر، پن ۱۹۳۱۰۳

# انتساب



پننہٕ جنّت گار ماجہِ ہنٛدِ ناوٕ



عطا تس ماجہ کر جنّت خدایا

ؤتمس وَل رحمتک خِلعت خدایا

(آمین)

# عرضِ مُصنّف

بہٕ چھُس پننٕ گوڈنِچ کأشر شارٕ سۆمبرن "لیٚہلاو" پرن والین برونٛہہ کنہٕ تھاوان۔ یِتہٕ پننٕ نٟن کینٛژن دوستن ہٕندِ وِننہٕ۔ تکیازِ بہٕ چھُس نہٕ کانٛہہ پیشہ ور شأعر۔ وِں گوٚیہِ کینٛژھاہ وٕرٕ وزِ انٛدرٕ گُدرٕلوم یہٕ یُس کٕرٕ یِھر تہٕ یُتھٕر سأرٕے وأتس ژالان دوٚرُم اما یٟمٕنٛیک باس لوٗکن نہٕ دِتھ اُنٛدری چھچھہِ کتری کرنہٕ باوجود نیٚبر لیٚہلاو کران رُودُس۔ تِمہٕ کُے اظہار رودُس دٕرگہٕ پأٹھی کران تہٕ تھٕوِ زٕلو دِتھ بٕنُن لوس لوٚیٛژ راوان۔

یُدوٚے میٚہ اُتھمہٕ جمأژ ہنٛز کم عُمری پیٹھٕ ادبی لِکھہٕ پرٕ ستی لوٚے خوٚے اوس، اما مٟنٛژی منٛزی ترٚوُم رینٛہٕ وادن یہٕ کُنہٕ کُنہٕ وٕری وادن قلم اُتھٕ منٛزٕ۔ خاص کٔرِتھ ۱۹۸۱ء پیٹھٕ ۹۵ء تام رُودُس سرکأری کامہِ ہٕندِ بدلہٕ وِننہٕ لوٗعیبہٕ کنٛزا ادبی دُنیاہ لِنٛشہ انٛدہٕ ہیٚتھ ژھینٛہٕ۔ یِمہٕ کنہٕ میٚشا نہٕ شأعری منٛزٕ میٚقدارٕ تہٕ معیارٕ ژٕنگی یِتھ پزٕہے تیٚتھٕ اضافہ سپدِتھ ہیوٚکہٕ۔

خأرٕ میٚہ چھُہ پننہٕ ابتدأئی تہٕ تازٕہ کلامہٕ منٛزٕ کم کاسٕہ حِصاہ یِتھٕ کِتابہِ منٛز شأمل کوٚرمُت تہٕ پننٕ نٟن پرن والین دوستن لِنٛش چھُم یُہے ووٚمید زٕ تِمہٕ کرن میٚہ پننہٕ رایہِ تہٕ مولہٕ لبو مشوٗرو لِنٛشہ نزأنٛی یاب۔

اٰخرس پیٹھٕ چھُس بہٕ جناب نشاط انصاری صأبُن شُکر گزار یِمو یِتھٕ کِتابہِ متعلق پننٕ قیمتی راے قلمبند کٔر۔

دیٚلنٛیُن ستمبر ۱۹۹۷ء

قاضی ہلال دِلنوی

# دیباچہ

قاضی ہلالؔ دلنوی چھُ اکھ اعلیٰ تألیم یافتہ تہٕ ناو دار، اما تیوٗ کھ اولیوٗ د شاعرٕ یُس بالہٕ پانٕے خلوت پسند تہٕ چھُ تہٕ خاموش طبیعت تہٕ ۔ دُنیاہ کیوٗ ہنگامو، شور شرابہٕ، ہوسہٕ دٔو وسہٕ بلشہٕ دُور روزُن چھ اَمی سٕنز فطرت ۔ زندگی ہند ی شنہٕ وہ گنہٕ تہٕ نشیب و فراز وُچھتھ فرٕ ہٕ لَد کو تہٕ ہندی پأکھٕ ترٕ ہرن یا بزدِل بنتھ رِ ون وان لاگُن چھُنہٕ ہلال نِس ناموس منز دِ یجے ۔ زہ ہہ تُلَن وألی وقتکی زِل لگنہٕ باوجود کُنہٕ مجادلہٕ بأزی ورأے بمن تَن دِ تھ ویتہٕ راوُن چھُ اَمی سُند اکھ بوٗڈ وصف تہٕ زندگی ہندیوٗ کٔنڈی ترٕ سیوٗ ستی عالمِ بالا تُلن تہٕ چھُ ہلالؔ معیوب زانان ؎

ژأپہتھ نیٖشگلا وُکھ دوٗکھ دأدی
لُوکن منز خوش باش ژٕ بَن
چھوکھ گٔنڈزاوُکھ تارکھ مال
عامس منز آکاش ژٕ بَن

قاضی ہلالؔ چھُ اکھ تیوٗ کھ مَنش یُس کُدہٕ رِن آنہٕ مأنشن ستی کمر دَب لاگنہٕ بدلہٕ بمن لیٖہلاو کرُنک روادار چھُ ؎

موٗرہٕ سلی بستمن دِژ اَسہٕ تَن
پیتھ ماطے اَسہٕ کوٗر اسمان

ہلال صاب چھُ اکِ انہٕ اُردوٕ تہٕ کأشرِ زبأنۍ ہُند اکھ تجربہٕ کار شأعر تہٕ نثر نگار۔ دوٚیمہِ طرفہٕ چھُ مُترجم تہٕ۔ فارسی زبأنۍ ہُند طالبِ علم آسنہٕ کِنۍ تالیفہٕ چھِن اکھ فارسی کتاب کأشرِ زبأنۍ منز پھرِتھ تہٕ اشاعت وُنہٕ چھےٚ پیٚنۍ پیٚمژ۔

خیابان چھُ قاضی ہلال سٕنٛز اُردو تخلیقاتن ہُنٛز شعری سومبرن، یُس ۱۹۷۷ء چھپیمژ چھ۔ عرفان احمد تہٕ قاضی حمید حیات تہٕ شأعری چھ اَمۍ ہٕنٛز کأشر کتابہٕ یمہ کینٛہہ وَق برونٛہہ شایع چھ پیٚمژ۔

قاضی ہلال چھُنہٕ یتھ پأٹھۍ کانٛہہ پیشہٕ ور شأعر تہٕ نہٕ چھُ شأعر آسنُک کانٛہہ باس دِوان۔ ہاو باو تہٕ چھُس نہٕ پسند۔ پننس کلاس تشہیر دِنک تہٕ چھُس نہٕ شوق، امایمہ وِز شعر تخلیق کرِ، باے اردو زبأنۍ منز یا کأشرس منز، تیلہِ چھُ یمہ اردو شعرُک مفہوم بنان ے

نہیں آتی جو اُن کی یاد برسوں تک نہیں آتی
مگر جب یاد آتے ہیں تو بہت یاد آتے ہیں

کم لیکھنہٕ باوجود چھُ واریاہ شعری سرمایہٕ ہلال سٕنس کشکولس منز ترسیل پراوُن یژھان تہٕ اورکُن ظلومن پھرِتھ تہٕ چھُس نہٕ ظلمن گژھان۔ خبر از کیاہ تحریک سپٕز س واریاہس کأڈ پیٚن کم کاسہ کلام ترتیب دِتھ شیرازہٕ بند کرنک۔

لیہلاونا وِ کس یتھ شعری مجموعس اندر چھُ حمدیہ، نعتیہ، رِثأیہ تہٕ منأقبو علاوٕ کینٛہہ زور دار نظمہ، سوز دگداز واجنہٕ غزلہٕ تہٕ بلینک ورس نظمہٕ شأمل۔ بأری تعالیٰ سٕندین کمالاتن تہٕ قدرتہٕ ہُند ذکر کرِتھ چھُ ہلال دنان ے

ہر دِینہٕ زردی سُونٛتک ہنجر بخشن ودل
شامس بخشان صُبحک یاوُن اللہ ہُوا!

عشقِ رسولؐ تھاونہٕ تیٚہہ چھُ ہلال سٕنٛزن کینٛژن نعتیہ نظمن منز نمایاں ے

مُعجزاہ تیتھ چانہِ معراجک سفر

سُونچ بے بس عقل حٲران یا نبیؐ

شہیدِ النسانیت حسینؑ سُندِ سیرتُک تہٕ صبر وفہمک تذکرٕ کمیٚ اکۍ شاعرن آسہِ کورمُت

اَتھ متعلق تہِ چھُ ہلالؔ امام ہُمامؑ سٕنز آشتی تہٕ جذبٕہ جہاد لِنٛشہِ متأثر سپدتھ پننہِ موڈُک

اِظہار کران ۔

آشتی اندِ یژهان بیہِ اند جہاد

کُوت مُشکل، کُوت آساں یا حسینؑ

ہلالؔ صاأب ہٕنن غزلن ہُند تنقیدی جایزہ ہینہِ ییتہٕ چھُ یمن کتھن ہُنز نِشاندہی سپدان

زِ شاعر چھُ روایتی اندازِ تخلیقی عملہِ منٛز تھوٚ تہٕ ییہٕ گامزن یوٚسہ وَتھ ساہن اکثر روایت پسند

شاعرن رُوزمٕژ چھ۔ شاعر چھُ ستیدِ سیوٚدیٖہ لس محبوب ہندِ مستانہ مژرٕچ تصویرکشی پننہِ

اسلوبہ کران ۔

ژِہے لوگُتھ سودرمہ چشمن دِل کُترتھم

یہتس مستانہِ پأراوس وَنے کیاہ

اُردو غزلک امام میرتقی میرؔ چھُ سونٛتھ کالہ چن دِلس مژر تُلن واجنین واوہ گزاین ہُند

رقصِ بسمل وُچھتھ یمن محبوبہٕ ہنٛز ستم گاری زانان، اتھ احساس چھُ یمن لفظن منٛز

زِلودِ وان ۔

اک موج ہوا پیچاں اے میرؔ نظر آئی

شاید کہ بہار آئی زنجیر نظر آئی

ہلالؔ ہندِس ییتھ شعرس منٛز تہٕ چھُ ییتھوی ییوٚ خیال باوینہٕ آمُت ۔

میہ باسان اَز چھما آفے بہارس

لَوٗے تیزنی ہِیٛژن رِیہہ لولہ نارس

قاضی ھلال نہ چھ غار سنجیدٕ تہٕ نہٕ اپہر پسند۔ تس یہ کینژھاہ گُدر، ییٚن گُدرِ تِمچ باوتھ کرنی چھ زندگی ہنٛز لوٚتین زانان۔ سورے کینژھہ تہ وک موٗدُر چھ خاموشی سان برداشت کران۔ اَمہ تالُکہ چھ ونان ؎

اللہ ناوکھ زاشری سٕنٛز براٚنٛژ

ییٚنہ زانٛہہ ہاوکھ جِگرٕ کی آکھ!

ییٚن ہندی گرٕ واَلیتہ ییٚنی گرٕ کھالنک رُجحان چھ اَزی کس معاشرس منٛز عام۔ اَتھ ہنٛجہ تہٕ ییٚن ہُند خون چیتھ نُبتھ لالہ رنگ بناوٕن والین چھ ہلال پٹہٕ کڑان ؎

کفنہٕ موٗردن واَلی وَسہ تالو سجاوی

مقبرن اَنی پیری گری اَسہ دارِ بر

یٚنٛن رہ ییٚن کھاتُن، یٚنٛن اِلزام ییٚن ہندین ہُتھین مَرُن چھُنہٕ ہِلالس پسند۔ بلکہ چھ غارن اَتھ شہلاوُنک جذبہ اَمی سندِس رُمس رُمس منٛز موجزن ؎

رہ دوٗبے اَسہ کھول ہمساین ہلال

یاد پاوُم کرٕ مُژری اَسہ دارِ بر

نظم حِصہٕ منٛز چھ "سوٗتھ" نظم علامت نگاری ہنٛز بہترین کوشش۔ یہ نظم چھ سبھٕ پاسل تہٕ سانہٕ ترقی پسندی ہیٛنڈ اکھ زوردار طنز۔ ہلال صاٗبنہٕ ییٚتمہٕ "لیہلاو" شعرٕ سومبرنہٕ ستی سیدِ کاشرِس شعر سرمایس منٛز پزی کنی ئرزر۔

اَکم جون ۷۹ء

نشاط انصاری

# حمد

نۆرِ سحر ژٕرے خوشہٕ وُن خوشہٕ وُن اللہ ہُو
شائمک سایہ تہٕ وَیہ وُن وَیہ وُن اللہ ہُو

دُپہارٕک اَختابہٕ زٕژاہ اکھ چأنی بس
نُزون ژٕو دأہم ژٕرے وَنہٕ تھاوُن اللہ ہُو

نٕرگس چشمن منز وَنہٕ چونی اَکھ انہار
پیچانکی رٕنگو مَن اَلساوُن اللہ ہُو

نارچہ رینہہ منز لیکھِتھ آسُن "یا قہار"
"یا رحمنک" شبنم ترأوُن اللہ ہُو

تابع ژٕبے سأری کُلی کٕٹی تَے دلو دژنیٹھاک
آدم رٕتہٕ پنٕے برسَر تھاوُن اللہ ہُو

نارچہ ریتھہ گلزار بناوُن کُنۍ سُند رنگ
نکھہ ڈری یاوس پھیتھہ کرِ ناوُن اللہ ہُو

وَنہٕ ماڈلہِ ہا تتہٕ ماگرشھہِ ہم ژھُ سینزر بأش
فرٗقانک زرگ پزون لوٗن باوُن اللہ ہُو

رُو شھہ ژ بےٚ لبنہٕ کوٚت ژلہِ کتہٕ چھُم جایہِ پناہ
مٔنڈ پچھی مارُن تارُن تھاوُن اللہ ہُو

ہر دِینہٕ زردی سُونتک خبر بخشُن وول
شامس بخشان سُونتک یاوُن اللہ ہُو

صبحک

بخشتھ زُو اکھ مُوسیٰؑ اکھ فرعون بنُن
ہُتہٕ پرکھاوُن یتہٕ پرکھاوُن اللہ ہُو

گٔژ یتہٕ عأرف، عأجز عأقل، زأہد رأوی
کیتاہ سہ ہلاس تگہ پرکھاوُن اللہ ہُو



# نعتِ نبیؐ

تأریف رولیس وَالضُّحیٰ صلِ علیٰ صلِ علیٰ
وَاللّیل پچھی مولیس روا صلِ علیٰ صلِ علیٰ

کُنہرچ کُنی وَتھ ہاو کُمۍ پزرچ وتھا پزر ہاو کُمۍ
پزرکھ کأنسہِ ماوزی بیون خدا صلِ علیٰ صلِ علیٰ

گیہ مولہِ پزا ٹے ظُلمتس پزاگاش کمۍ اون بارس
چُھک پانہٕ سے شمعِ ھُدیٰ صلِ علیٰ صلِ علیٰ

کزانہن قبیلن ہُند بجر زردار تھوٗد یا زورور
سارِنی وِس تھدِ یمہ اَلتقیا صلِ علیٰ صلِ علیٰ

دُشمن رَتس زاگان اَیم، چُھکھ لول ورتاواں تمن
کھیاوان چھِنکھ بتہ حسرتھا صلِ علیٰ صلِ علیٰ

نُوحَنۍ پتھ طوفان موٗنگ، لُوطَنۍ دۄلُس کینہٕ زُود کرٛ
وُچھ طائفس چُونے دُعا صلِ علیٰ صلِ علیٰ

مُونم چھِہ وَنِہٕ اَسہِ ڈَلہٕ مَتی، یوٗز لوٗتہٕ چاۍ نی اُمتی
سانہِن دِلن حضۍ بڑٕ سہتا صلِ علیٰ صلِ علیٰ

ییلہٕ ییلہٕ ہلالس آش زانہہ باسے یہٕ دَم پھُٹہٕ یس گِمٕز
پٔرزہہ چانہٕ دیتنس حوصلا صلِ علیٰ صلِ علیٰ



# یا محمد صلی اللہ علیہ وسلم

کرُم نظرِ عِنایتھ یا محمدؐ
گوناہو راوِرم وَتھ یا محمدؐ

ژِ زر ترٛاوِتھ بُدی مازان رودُس
ژٔی اوٚنم بنا وَتھ یا محمدؐ

فقط ژٕے باعثِ تکوینِ عالم
اَپزٕ باقے، صداقتھ یا محمدؐ

خطا کارن خطا بخشان حضٕ رب
کرٕکھ یُدوے شفاعتھ یا محمدؐ

گواہ بَدرو حُنین و اُحد و خندق
جہادِ باسعادتھ یا محمدؐ

غمکۍ نارن دۄلُس زرِ چھٕنہٕ ہمان ریٚہہ
بخش لوٚلچ تراوتھ یا محمدؐ

زِ آدم تا مسیحؑ اِبن مریم
کران رُودی چاٲنی باوتھ یا محمدؐ

حجر، اشجار، آدم تے ملاٲیک
فقط چاٲنی کرامتھ یا محمدؐ

میہٕ گردن خم گمژ از بارِ عصیاں
شفاعتھ بس شفاعتھ یا محمدؐ

نہ زر نے مال دولتھ گوژھ ہلالس
منگان روٗ بس ہدایتھ یا محمدؐ



# یا رسول اللہؐ سلام

شوقہٖ آسے ناد لایان یا رسول اللہؐ سلام
میانٛی ارزٕ تھ چھُون احسان یا رسول اللہؐ سلام

چانہٕ بپنہٕ گو باطلس نان یا رسول اللہؐ سلام
تازٕ گو گلُـــزارِ ایمان یا رسول اللہؐ سلام

لرزٕ ووٕتھ لات و منائتن، آو سیے کُفرٕکی مُنار
کُفر و شرکس آوٕ طوفان یا رسول اللہؐ سلام

لا مِثال و بے مِثل از عرش تا فرشِ زمین
شو بدارٕ آہ ہُکھ تٕہ شوُبان یا رسول اللہؐ سلام

خیرِ اُمت گیہ کیتھاہ، کوٗر نکھ حقن خیــر الانامؐ
غار خاہ، غارٕک تٕہ عنوان یا رسول اللہؐ سلام

سایہ بے سایَن، اما پنٕو ما زمینس سایہ چُھون
تاپلِس نکھ حوٗرٕ داران یارسول اللہؐ سلام

اُسی زانان بُوجہل ہوی روسیاہ شانِ نبیؐ
نارِ حسدٕنہٕ پوٗزٕ نہٕ مانان یارسول اللہؐ سلام

کرٕلیشہ ناوان ترٕلیشہٕ دامن بیٛیہٕ چھ یمہٕ وقتکی یزید
بیٛیہٕ فُراتس ٹھڑی چھ تھاوان یارسول اللہؐ سلام

بیٛیہٕ شرافت خوار بدروین چھُ بیٛیہٕ سخ احترام
دیندارن کانہہ نہٕ مازان یارسول اللہؐ سلام

بیٛیہٕ چھُ ایمانس زٕزُر ژائمت یتہٕ اخلاص زُودِوان
بیٛیہٕ مسلمان غرقِ طغیان یارسول اللہؐ سلام

دُنیہس بیٛیہٕ دستگیری ہنٛز ضرورت چانی از
بیٛیہٕ چھُ گومت خستہٕ انسان یارسول اللہؐ سلام

سبز گنبد چھُون وُچھنک لَس ہلالس اَرمزگی
اَنتہٕ بامِل میون ارمان یارسول اللہؐ سلام

# نعتِ نبیؐ

## (تضمین)

ییلہِ جائے زٹھتھ پانہٕ سُہ سردارِ مدینس
لبہٕ ونی ییتہِ شوٗبیا جنتک گلزار مدینس

یُس نوٗرِ ازل تا بہٕ اَبد عالمس رحمت
"تمہٕ نوٗرٕ روشن گے در و دیوار مدینس"

یٰسین لقب، خلعتِ لولاکَ لما چھُس!
سُے پادشاہ شوٗبان دُرِ شہسوار مدینس

ییتہٕ ترٲوی قدم رحمتکی تتھ جایہِ تمی نندٕ باغی
صحرٲوی سبکہِ پھولی پوش مُشکدار مدینس

بَدلان ییٚتہِ عنوان چھُہ آوارٕ نصیٖبک
دیٖتُت لایزالَن تیٚتھٕ بجبر یکبار مدہٕنس

ییٚنہٕ نٔن چھَہ پیٚنٕ جاے ہٕتہ ووٚپرناتہٕ مُرٗوکھ
ییٚتھٕ ما فِدا گےَ یار تےَ اغیار مدہٕنس

جنّت چھُہ دُلک سوکھ ہٕتہ نظرن ہُندٕ شُہُل شیٖہجار
سےُ نقش سےُ تأثیر سےُ انہار مدہٕنس

عأبد ہٕتہ زأہد ییٚتھٕ اُچھر والوَ چھِہ ڈُواں خاک
کیٚاہ واتِہ ہِلالَس ہیوٚ بد کار مدہٕنس



# یا نبیؐ صلی اللہ علیہ وسلم

اَنہٕ گٹس منز ماہِ تابان یا نبیؐ
ژٕے پٔتھم مہر درخشان یا نبیؐ

معجزاہ تیٚتھ چانہٕ معراجُک سفر
سونچ بے بس عقل راوان یا نبیؐ

ژٕے منزل ژٕے رہبر ژٕے پٔتھم
مو ختصر تصویر قرآن یا نبیؐ

اِبتدا چون انبیاہن انتہا
چانٕ وٕتھ بالاۓ آسمان یا نبیؐ

"عالمینن وجہِ رحمت میٚون لوٚکھ"
کوٚر خدا ین پانہٕ اعلان یا نبیؐ

مُوم اسیٚ دٕن چھادِلن ہنز بُڈ کتھا
زوٗنہٕ تامتھ اڈ چھ سیدان یا نبیؐ

چانٕ خوشبو ہیٚتھ پھولان باغن گلاب
جانور چانی غزل خوان یا نبیؐ

کیا ہلاَلس تگہٕ سرن چونی مقام
راوٕ دی ینہٕ جامی ہنہٕ جسان یا نبیؐ

# یا حُسینؓ رضی اللہ تعالیٰ عنہُ

کُنۍ یہ وۄن رَٹھ پھُون ارزان یا حُسینؓ
شفقتہٕ وِز زٕچھوٕ زٕچھ سُہ تھاوان یا حُسینؓ

مرحبا پانٕہن دُستہٕ کھٕن مرحبا
سانۍ واۄدن پٮ۪ٹھ کھالان یا حُسینؓ

آشتی اکہٕ آندیژھان بیٚیہٕ آندٕ جہاد
کوٚت مُشکل کوٚت آسان یا حُسینؓ

ٹھوٚر تھٲوِتھ آبِ فراتس کیٚنہٕ وَر
خم گرٕشھکہ رُودُکھ یہ ارمان یا حُسینؓ

اصغرسؓ رٕتہٕ سٕری گٕرِتھ لاریوکھ کیاہ
گے سُرخرو اہلِ ایمان یا حُسینؓ

اکبرس ہیوٗ ماٗج بُتراتھ ہاوِ کاہنہ
چھُمنہٕ باساں چھُمنہٕ باسان یاحسینؑ

کُن ژٕ رودُکھ لوتہٕ ساسو تراس کھبو
"کیاہ کرو وونی" اٗسو حاٗران یاحسینؑ

کان لاٗیکھ نیزٕ ازماٗوِکھ مگر
حق چھُ اپزس باتہٕ راوان یاحسینؑ

خونہٕ سگہٕ لوٗوُتھ ژٕ بے باغِ مُصطفےٰؐ
چھانہٕ کم ہیوٗ چھُون ایحسان یاحسینؑ

کرٔتلن بے وایہٕ گرٔدن داٗرتھکھ
ظاٗلمن اوسُتھ نہٕ ایمان یاحسینؑ

تا قیامتھ غاٗصبن نبہٕ شدٕر حرام
کربلا چھُکھ لرزٕ پاواں یاحسینؑ

یبلہٕ یہٕ سٔتھ سوراں چھُم پزرٕچ ہلالؐ
اورد چھُس تیلہٕ تیلہٕ بناوان یاحسینؑ

# عظمتِ حُسین رضی اللہ تعالیٰ عنہُ

دیُت دینِ حقس اکھ لوٗ وُے عنوان حُسینن رضؓ
کھاج لا اِلا ہیچ وُچھ علم اَسمان حُسینن رضؓ :

دِژ کوفہِ منزٕ یینٛلہِ باطلن وآنا کھ وُہیچ کرٕ نکھ
کھووآیہِ تَن بشد بأے، ہیٛتھ زُوجان حُسینن رضؓ

یینٛلہِ ہردِ زردی پھیرِ اسلامس تہِ بلبھدِ شوق
ترٛوو دُ دوٚ لَس پننے رٔنگ باران حُسینن رضؓ

رٔج اُس لٔجہٕ ژ ظالمن اوس باطِلس چکہِ چاو
"جاءَ الحق" ک کوٚر اُتھی اندر اعلان حُسین رضؓ

یوٚدسا سہٕ عٔدی اشقیا ہیتھ تیر و تُفنگ آے
لوٚب فتحِ مُبین بے سَر و سامان حُسینن رضؓ

دِیُن جان جبرس برونٹھ کنہٕ تُومرُن ٲنہٕ زٕ ہیے سر
یٚنچھ لوٗدٕ عالم معنیٰ ایمان حُسینؓ

گیہ تا قیامتھ کَژھ یزیدس، ابنِ زیادس
نیوٗ سوٗچھِ خُدو کھوٚد تہٕ بالاشان حُسینؓ

نُے اوس پانے رَمزِ" بَلْ احیاءٌ" بَعدَالموٗت
وٕتٕژھ لوٗو فقط آیہ قرآن حُسینؓ



# علمدارِ کشیر

وٲلِیَن تہٕ ریشن عارِفن سر سون علمدارؔ
بخشان یتھ پرٕ وارِ بَجر سون علمدارؔ

پکھہٕ پھُٹ کوٗرُکھ یُدوے زمانَن گے مُشتھ پرٕواز
گرٕدھ وَن تِمٔس وُچھِتھ چھُون شہپَر سون علمدارؔ

گیٖہہ بارٕ لٔبتھہٕ یوٗد یاہٕ ہوتُن لوٗب تہٕ گوٚ پھَن ژاو
مہشر سوٗن بنان یوٗد ترٛاوِ نظر سون علمدار

للہٕ لوٗو لَلہٕ لوٗلہِ مستٕ تہٕ چوٗون معرفتُک شیٖر
اَدٕ نارٕ ژَھٹُن روٗد سِپیٖر سون علمدار

قرآن پوٗلُن ، کٲلمہٕ سوٗرُن تٔھتھ وَوٗنُن عِرفان
نُشدٕ لوٗن یُتھ جاناہٕ زبر سُون علمدارؒ

پٔرژھ تھاو محکم ، لول ہیتھ ہلالٕ دوان گرژھ
کاسان سٲری غم یٔتہ ہُژر سُون علمدارؒ





تس لِگارس بالہٕ یارس حال باوُن چھا سَہل
دودیُس کوُران أندری ژُورِ تھاوُن چھا سَہل

زُون پوٚہنمہٕ ہشز ینیہ سنگاہ آیہٕ زن بروشہہ کُن تہ بیہٹھ
ہوش راوُن ماچھُ مُشکلِ ہوش تھاوُن چھا سہل

چھُس وچھس منز چأنی کمہ کمہ دآدی تہہ کرٚی کرٚی تھوان
بے قرارس چانہٕ کُنٛ آرام پراوُن چھا سَہل

پرٛتھ یٔدس زن زاگہٕ رُوزِتھ چانہٕ حُسنکی منتی خیال
سوکھ دِلک اَتھ جایہٕ خابَن منز سجاوُن چھا سَہل

میٔانہٕ لوٗلک بدلہٕ ثمہٕ دیُت دوٚکھہ تہ گژاوِے ماکُم
پلوٚت پھِرِتھ اِلزام دِیُن ہمسوس تھاوُن چھا سہل

نولہٕ شدرس تار دیُٛن بدٕلے کیتھآہ بدٕلے وتھآہ
عقلہٕ ہُنداَبہٕ وُٕسی پیٚوان ہَم گاٹھ پڑاوُن چھا سہل

تیُٛتھ سیٚکلی صحراو ازلےَ باگہٕ آمُت چھُم ہِلالؔ
لیُس نہٕ سُونٛتس پھۄل سُہ ہردَس پوشہٕ ناوُن چھا سَہل
(ماخوذ)





مےٚ باسان از چھَا آوَے بہارس
تَوے تیزٕ نی ہیٚژن ریٚنہہ لولہٕ نارس

کنڈٕ لوٗرٕ تہٕ شرٕ مےٚ کرٕ ہم یادِس پتھ
بہاروٗ شیٚچھ ژٕ وَن لتس گُل عذارس

دِلس یَنہٕ لولہٕ سُہلابَن گڈٕم ژھٹھ
اَرامے رُوو تنہٕ پَتھ بے قرارس

چھُ تیٚتھ دٔدون ہلاِلس باگہٕ آمُت
شیٚہلی گُلو ترٛاوِ ما زاٛلِتھ مزارس





کُس چھُ ستمن سینہٕ داران میأنی پأٹھۍ
کُس اَچھو کنہٕ خون ہاران میأنی پأٹھۍ

کَس چھِ سینس لگ تہٕ جِگرس ڈَگ وۄتھان
کُس چھُ یِنہٕ مرٕی مرٕی سٕداران میأنی پأٹھۍ

کُس کران مہلاٮہ وۄپرن چھوکھ وُچھتھ
کَس چھُ بہٕ سُند دود ماران میأنی پأٹھۍ

کَس کران کنہٕ رُود عیسنۍ سُندی خُلق
چھوکھ تہندی کُس باشماران میأنی پأٹھۍ

کُس مَژر تُلمُت چھُ پرٕتھ وِزِ ہاوِ سُو
ہاوِسَن کُس ہتر چھُ کھالان میأنی پأٹھۍ

کَس کھوٗوٕکھ ییٚتہِ ترٛلیشہِ دامن یہٕہِ دِکھ
کُس چھُہ ژالان تیٚہِ باران میانہِ پانٛٹھ

وَن ھِلالَس دِل پیٚنُن دادِلو ہٕہ بر
کأتہِ پھتہ کٔس پان ماران میانہِ پانٛٹھ





پوش پھوٚلۍ بیٚیہ لالہٕ زارن  چاأنۍ دژٕرے چھَم دلبرو
ژھھڈ میٚہ کَڈٕنم لولہٕ نارن  چاأنۍ دژٕرے چھَم دلبرو
پوشہٕ باغکۍ أمۍ بہارن  یاوٕنس لوٚنوٚ جوش دیُت
پوشہٕ متہٕ دوٚہ گوم پزارن  چاأنۍ دژٕرے چھَم دلبرو
جوٚے لُجم دوٚن آبشارن  پوشہٕ چمنس لج پھُلےَ
خُون چھُکرُم خار زارن  چاأنۍ دژٕرے چھَم دلبرو
چاأنۍ زُلفہٕ شاھمارن  یَتھ دِلس زٕہہ نال ووٚل
زٕنٔدٕ تھوو مٔرِ مٔرِ ازارن  چاأنۍ دژٕرے چھَم دلبرو
یاأرِ یاہ کیٚاہ کٔرٕ بہارن  میٚانہٕ دِلہٕ گُلس گُلشنس
لوٗرِ پھوٚلہٕ نے زاألۍ نارن  چاأنۍ دژٕرے چھَم دلبرو

لولہٕ کیٚن لوٚنُک اِشارن
گو ہلالؔ یُس ؤنۍ دِوان
ترٛوو اڈٕ وتہٕ گاٹہٕ جَارن
چاأنۍ دژٕرے چھَم دِلبرو



# تضمین

ہےٚ دۄہے مخمور چشمو دِل کوٚرُتھ دِلوانہٕ میٲنٕ
ساقیا زانٕہ منگہٕ رۄستے بٕرِتھ پیمانہٕ میٲنٕ

یارِ سٕنٛز اکھ نظر بخشم وُمبرِ ہٕنٛز آوارگی
کھوت ننٕن پیٹھ بجایہ جایہ اُلفتک افسانہٕ میٲنٕ

ھرِدُ ژھٹ پھیرم قیامت چانہٕ لولچ آگہی
یاوٕنک گُلشن ژینے کیٚت لیُس سُے بہنیو افسانہٕ میٲنٕ

تلہٕ وُنی لو اعتبارٕ بےرُود کیٚاہ وۄنی کانٛسہٕ پیٹھ
اَز چھُ دُشمن میٲنٕ سُے لیُس اوس زانٕہ جانانہٕ میٲنٕ

غٲرَنے سِیدن ہیٚنٛز چھنہٕ کانٛہہ شکایتھ وُچھ ہلال
"بے وفا بےگانہٕ لاگان آدٕنک جانانہٕ میٲنٕ"





ژٕ بیٚنہٕ از بَرٕ تہٕ نَظرٕو جام ساقی
پھُ نُہٕ پچھے کُے پہٕ پھوٚلِہ وُن شام ساقی

پہٕ کُس سَہٕ مَس پھوٕرگیہٕ پوٗری تزاوان
دِلَن ووٚتھ کَڈٕ اُچھن پیٚنہٕ ہام ساقی

رضاہٕ تہٕ چانٕی مرضی آسہٕ یَتھ مشز
ژیتے بَنِش یَتھ ہیوٚن چَھ عشقس پام ساقی

ژھرٕ بر ذِہنس تہٕ رُوحس بے قرأری
پہٕ کمٕ کوٗر آدِمس لِیلام ساقی

ژُس پیٚلہٕ پیٚلہٕ تہٕ کھوٚت ووٚشلن بُتھس زٕنہٕ
میٚنہٕ دیُت یَہٕ نِس دِلس اِلزام ساقی

خُماراہ تیتھُ میہٕ بخشُم یُتھنہٕ باسیم
سحر کرٕ پھوٚل ہٕتہٕ کرٕ گوشام ساقی

ہِلالَن مۄن سُۓ ولہٕ وِیر وقتُک
کران یُس پأنی پانس رام ساقی





منقلہ ناراہ چانی یاد
نتہ سبزاراہ چانی یاد

ریہہ اسہتھ زبہ شبنمی ریہہ
توت شیہجاراہ چانی یاد

زُلفہ گنہرتے اچھ مَس کھاسی
مست بہاراہ چانی یاد

بَس گِندہ باشہ تہ فرستہ اُسُن
موت لوکہ چاراہ چانی یاد

دٕج دٕج ییمی آرامس تُج
سوے دِلداراہ چانی یاد

سری سہے وانسہ ہلاکس رُود
پینترُن باراہ چانی یاد

ژلۍ ٹارِ ژیےٚ وُچھنس پأرۍ لگے
سێود نظاره کَرَوَنہٕ ہأرۍ لگے

ژٕ تہٕ لوٚلچ دَگ أندری ژالان
میٚنتہِ چانہٕ غمچ بیمأری لگے

ژٕ تہٕ ارمان راتس للہٕ ناوان
پتہٕ زخمن نہوان کرأری لگے

پتہٕ ترژوٚ برکھ لوٚلکی دایہ تہٕ بَر
ییتہٕ آتشن لگنم تأری لگے

عشقس چھُنہٕ ذاتُک درمُک غم
أمی چھُتی تہٕ کزہٕ ہنز کرژأری لگے

یہِ چھُ وُبہ وُن وَیہِ وُن ناہِ ابنر
یہِ چھُ کرٕ ییٹھ تہٕ میٹھ بہٕاَری لگےَ

اُمی زھـــرن آ ے ہلالسٓ دیُت
تہٕ کُنہٕ وزِ گگرٕھِ ســےَ واٗری لگے



ألمٕ کیاہ چھکھ روشان أمٕژی    أخرٕ چھُس اِنسان أمٕژی

پٕھون خیالٕے أمٕژ راوان    أدِپیٚلہٕ ہاوکھ پان أمٕژی

کوتاہ سٕنہٕ کیتھ کیتھ سَنہٕ وۄنٛذ    ڈوٚل سٕرٕکٕے میزان أمٕژی

وَنہٕ وأسِل أمی سُنٛد أیَن    ییتھٕ کُنٛی زنہٕ اِنسان أمٕژی

سٕتی لیکان چھُم لُکہٕ ارساتھ    ییتھٕ ماچھُس ژٕہران أمٕژی

زُوٕنے زأنکھ دِلہٕ ہٕتٕز تَھف    أسی وُنہٕ دَگ لٕلہٕ وان أمٕژی

نار وٕنکھُت أمہٕ لوٗنٛٹ نار    وُمرن چھُنہٕ سٕتھِہلان أمٕژی

وَنہٕ کیاہ ژھۄپہٕ کیتھٕ لاگہٕ ہلال
چھُس راوان اَنمان أمٕژی



ترٛاو عشقٕنۍ زۄگالہٕ پکھ پانس
اَسی گٔمتۍ پننہٕ حالہٕ پکھ پانس

وأنِس رأوۍ امار للہٕ ناوان
پکھ شہ میٚانے خیالہٕ پکھ پانس

ٹلی ژٕ پوشن گرٛزھان مٔتۍ مٔتۍ چھُکھ
داغ ہیتھ وُچھ گُلالہٕ پکھ پانس

کٔس چھُ ین آو کُس سنا پھیرتھ
لارِیٚے ٹُل ژٕہ پیٚالہٕ پکھ پانس

گرٛاوِ کرٛی کرٛی دِلو ژٕ کیٚا حأصِل
ترٛاو سأری ملالہٕ پکھ پانس

وُنی دِواں چھُکھ ژٕ پوشہٕ مرگن ٲلی
کُس چھُ تمہٕ خطہٕ خالہٕ پکھ پانس

گُلو میٚہ آلوی یمن ہتہ وۄنہی دیُتھم
تمہٕ ووٚپر چھا ہلاآہٕ پکھ پانس





یاد میہ روزن کأتیاہ دأدی
سینس منز کھتو دادبن لأدی

وعدن پانبن ختسرے کیتاہ
مشرٕتھ پی نوزموڑتھ آدی

بے قل دُنیاہ کڈی تن کیھڑ
عٔشقن دوٚکھ أسی زانان شأدی

پھٹہ پھٹہ کرون یاوُن پچون
سوکھ لہراوِتھ گذریوو آدی

ژ یئے وأیھ جگرس کرتل
ژے فأصلی کوت گڑھہ فٔری یأدی

کھشہِ پأوِتھ اوش ووٚتھِ راوُن
ہیٚچھِ لوٚوُکھ کمٕ سٕنہِ ووٚستأدی

وَنتہِ ھِلالہٕ ژٕ باوٕکھ کَس
مُشکل باوِنۍ أندرِم دأدی





چھوکھ ہمہ پرٛکھ ونہٕ ٲلگو ہٲلو ہٲلو
کیٛنہہ آسے باگہٕ ہٕتہٕ کیٛنہہ ٲنی ہٕلو

شُوبِل پھوٗنُ اَکھ اکھ اَنگ
ٲچھ مَس بانٕہ ہٕتہٕ دُکھ مخمٕلو

وٲرِنج میأنی دُہہٕ وُن نار
سرٛیہہ ما چھی اکھ رژھ مَسہٕولی

میٛوٗن بِترُ نیٚتہٕ حُسنَن چیأنی
کمہٕ کمہٕ رأیِل اَنہٕ کھلہٕ تھٲلو

لوٕلِچ ژیٛتہٕ میأنی ہش دَگ
کتھ چھکھ زالان زٕیُن چھٲلی چھٲلو

تارکھ نَب پرکھاوُن ترٛاو
گُنٛز راو یمہٕ کانن ہشدی پھُلو

دِلہٕ کِس یَتھ أنس میٖہٕ ژلال
کرتامتھ حض گأمتی پھُلو





دِی ہٕش زٕنہٕ از گأہٕژ یارس
نال کٔنڈ لوٕ وۆلمُت گلزارس

بٕہیہِ از اۆشہٕ ہے جوے ہٕش لگہِ نا
دلوٕ رٮ۪ہہ ہمہ ہے دِلہٕ کس نارس

کرٕلوٗکھٕ سفر ئٮ۪مو میوٗکھٕ بنوٗم
شابش چأنِس تٔتھ اِنہارس

ییٚلہِ زاہہ کٔرتھم لوٗلٕچ نظرٲہ
ڈٕرہہ کٔھژ یٔتھ ظأٲلم سمسارس

دِل وُچھ میوٗن بُکرٕی دۆر کوتاہ
گوٕ ما بُتھی پھیٚرٕ لولہٕ ازارس

ا

ہورَ ھسُرد یکساں چھُ زخمس
تژرَس دوّد تیزیو شیٖہجارس

وقتن پرزٕک ساڈے راوٕر
نتہٕ کھسہٕ ہَن وُنہٕ کأتیاہ دارس

ییٚلہٕ تہٕ ہلالنَ خأبی وُچھکھ زاہنہ
خوناہ ہارٕن پہیوس ہجارس





ینیتہِ لو کینہہ نیران ئنو ئنو
ئلو. کھچ میأنی زہلو وٗنی وٗنی

کمی تام مجلونن ژٔھٹ باکھ
پزٕھ وٕتہِ پکہٕ وٕنی لأیس گنو

دٕوٕ دٕو، پزٕھ اٗنہٕ اور یتہٕ یور
وٕتہٕ زیٕنہٕ ڈٔلمتی دوران أنی

ینیتہٕ أسی سأری نِلہٕ وٕتھ پٕل
أدٕ آسے کانہہ أسن کتھنو

گٕھرٕ آشن ہنٕزٕ لاش نکھس
وٗنی پٕنزٕ وٗلی وٗلی دفناوٕنی

شوٗد بوٗد لوٕپچ راو جلالا
ییٕتہٕ بیتی تارکھ پٕرکھاونی





چھُم پچھوتُوے ارمان لگے
یینمِ کرُی غم آسان لگے

بُوزی خدائی ہندی دعوا
گوڈُ بنتم اِنسان لگے

لوٚس کیناہ نتہٕ أس کمی
ژےٚ چھکھ مُنہ ساوان لگے

وایہ برا ژُو آلہٕ ونس
بینہٕ تہٕ ژےٚ ہیٚو مہمان لگے

کُس ہٕ اکھاہ کوٚر تھن ساراب
ہے رُودُس کنہ اِشان لگے

ڈیکہٕ مُنڑریتھ از کرہٕ تہٕ کتھاہ
اُتھ پھٹہٕ دزہہ شوبان لگے



Digitized By eGangotri





ییٚنتہٕ کمٕی کیٛاہ ورلتوو زاٴنتھ میٛنی مَنہٕ سوو

آو پھوٚلِتھ گُلزار چھوو ہساٴ ییٚمو چھوو

چھنےٚ وُتھٕ کمہٕ جار پوشن کوٚچھ لَلہٕ نوو

رٕژھرِتھ توٚگ نہ تھَوُن دل اَسہٕ ہاٴوتھ ینٛوو

چشمہٕ بھرِیٛا وُنہٕ تمی پیٛالن زنہٕ موٚکہٕ لیٛوو

ہنگہٕ منگہٕ نب گونار تس ما بُتھ وونشلیوو

ہاٴوی مَس ییٚلہٕ یمہٕ آکھ تیلہٕ تیٛلہٕ زنہٕ وولیٛوو

کُھچہٕ تھوٚسہٕ اِی لاریوٚے کھیٛنہٕ دِی نے کہہ لوو

کیتھ گوٚر چھُی نہٕ ھلال

کوتاہ ہیٚچھہٕ ناولوو





میانِہ لانکی اأسی زن تارکھ گھان
ییلہِ پہٕ اوسُس پچانہٕ عشقُنٕ سٕشر کران

پان متہٕ آلو تہٕ یَیتھ األِس لگے
سوثہٕ کین کیتٕشرن دوٚہن ہُند بچھی مکان

چہرِ گیوٚ شاہ بوزوم تتہٕ یٕژ کال گو
وُنہٕ تہٕ چھُس پھِرِ پھِرِ پہٕ تَتھ کُن کَن دِوان

ہانکلن ٹھُس گوٚ تہٕ زُونُم آکھ ما
یاد بیوٚہم چھُم دِلس دُب دُب گرٛشھان

میأنی خونن جامہٕ رٕنگی گلہٕ کہن گلُن
ییٚتھٕ چھُسا اٛد اأتھ شدِ لوکھی دَم دِوان

—

یاپہٕ ییزِ ہے ہاوِ ہے گُدرِلوم کیٚاہ
وُنہٕ چھِ تازٕ ے جگرِ کِہن زخمن نِشان

مٙس پریشان ہٙمسوٚلاہ ہٙس پیالہٕ اٙچھ
وأنس گُذرِن بٙس أمِس تھلہِ تھلہِ وپھان

کیٚاہ سٙنا از تام اتھہِ آوُی ہلال
وأنس رأوِ ے حأری ساتن گوڈٕ بٙران





تُل سہ لوٗہچ کِتاب پأری لگے
یارِ ہِیکھنا ثواب پأری لگے

دزاو کلہِ وال وان پھالو دِتھ
تُل نظر چھی ثواب پأری لگے

میأنی رُم رُم چھے چانہِ لوٗلکی نأوی
وَلہِ بہ تشکلاوہ خاب پأری لگے

لوٗہہٕ آرام بنتھ ژیئے سأری رأتھی
بے تباہ بے خراب پأری لگے

وُخ چھُ واواہ تہٕ آو ہوکُن دزاو
وُخ چھُ پھوٗلہٕ وُن شباب پأری لگے

غم چھُ آگرُ وُزان چھِ شار اُتی
غم دِتمَ بے حِساب پأری لگےَ

نیٚہہ تہٕ نیٚنٛدرٕ حِلالہٕ ییٚمی ہِیہ نےَ
ترٛاو اوسےٚ سُہ خاب پأری لگےَ





کوٗر زُول میہٕ مشہوٗرِ دِلہٕ چے گاشہٕ راٲوِم ژِہی
پٔژھ ٲس وعدن ہٕنٛزِ دِلس یمہٕ وَعدٕ مگر چاٲنی

وۄزٕلاوِہے بُتھ شفقہٕ وزِ اسمان رٔتکۍ ناٲوی
گٔژھی کامہٕ لگِنۍ وتہٕ جِگر میٚون نظر چاٲنی

وٲناکھ مےٚ کیٛنٛتُ راتھ ژٕلان جیرٕ دۄہلۍ گاش
پیمانہٕ بدَس شام تہٕ سَرتازٕ سحر چاٲنی

اُسناہ کوٗرٕ ژھ پھوٗلۍ پوش ہیوٗ تُھ ہتھ تہٕ ہُرُد آو
ہا یارٕ انان بارٕ طُفاناہ چھَ ہوٗ ثرَ چاٲنی

اَرمان مُژھلۍ، خاب شِتہلۍ، موٗخیتہٕ موٚکُل دِل
ٲنٛزرِ ژھ بیٚنُن یاوُن تہٕ ٲسی یارٕ وۄڈبر چاٲنی

گوٗ ہے یمن ہیچہٕ پھیٚرُ تہٕ ٲچھن کیاز غوٗطن گوکھ
حوصلٕ ہلالہٕ ژٕ یے زٕنہہ نہٕ ہوٗرُ ژھ اَسہٕ چھ خبر چاٲنی





کوٚت گژھہ پتہٕ چھم لاراں دٲدی
زُوٚہ کیٚتھ کٕنٛز چھم ماراں دٲدی

ساقی! ژٕے وُوٚنی بَر مُژراو
مَس ولَنٕے بَس تھاراں دٲدی

بیٚیلہِ وَکھ أنگراواں کاہٕنہ چھوٚکھ
سونٛچہِ وَیچھس چھُس ساراں دٲدی

عشقہٕ جنونَس لگہٕ ہا پٲری
اَتھ نِش پھِٹہٕ تھُر کھاراں دٲدی

یہ چھُ دِل ازٕنَے دادٕنٛ لور
ہور ہَرُد یہ چھُ گاراں دٲدی



ہأل زِہ شادین یِہ چھُ قُسمَت
پوشِن منیہ چھ تَن داراں دأدی

کُس مازنیکھ روُکھ سُہ ھِلاآل
بے سَتھ پان چھ ماراں دأدی





چانہٕ لوٕلکی پٲرِم ترانہٕ دوٚہے
توٚرِتہٕ ژروٚلہم کٔرِتھ بہانہٕ دوٚہے

توٕبہٕ کرٕی کرٕی تہٕ رٲو کاٗنچ وَتھ
روٕبہٕ آو چُون آستانہٕ دوٚہے

صَدمہٕ تُلی تُلی تہٕ چٲنی دِژی ہاوان
دِل چھُ بیقٕل رٕچھان گمانہٕ دوٚہے

سوٗنتہٕ گَے چاکھ ہَردٕ واوَن زاٗلی
پوشہٕ بدنَن تِمَے نِشانہٕ دوٚہے

میانہٕ یارٕ دی مِزازٕ چٲنی رِکنز
تاوٕنَس لوٚگ یہٕ آب و دانہٕ دوٚہے

خونِ جگرُک ہلاہِلٕ ہاوُن پییے
پوٚز ژِہ اَسہٕ لوٕوکھن زمانہٕ دوٚہے





دِلبر حیٚنہٕ وِلنٕسہٕ راٗوِتھ گوم
زخمِ جِگر پُشہِ راٗوِتھ گوم

اَسہٕ وِنہٕ ہوٚنجہِ آیوو آیووو
گوٚبیٖلہِ گوٚ وٚدِ ناٗوِتھ گوم

سوٗنتہٕ ہواوٲہ نالہٕ رچھوم
نأسن چاکھٲہ دیاٗوِتھ گوم

وِہی بدلاٗوِم سمہٕ یَن کٕتی
اَکھ اکھ ژٕیہہ وٕنہٕ راٗوِتھ گوم

بُتھِ بیٚو از وَتھ ڈٲلِتھ ڈزاو
نارٕ اَنٛبر وُہہٕ ناٗوِتھ گوم

زُونُم کاجس لوگُم پوش
توٗباہ وَچھ پُتژ ناوِتھ گوم

غمہٕ ہوٚت سَمکھُم از تہٕ ہاراٗل
اوٚش وِوِتھرٕ ن اَسہٕ ناوِتھ گوم





تَلنِہ وۆزلاوم جام ڈلِہ ہے راتھ
زُون گَہِہ ناوِ شام ڈلِہ ہے راتھ

نیٖرِ سٔنز گرٛھان چھِ یادَن ہنٛدی
یِکھ ژِہ دَگ شیٖہلِ تام ڈلِہ ہے راتھ

ژِہ تِہ اُلف لٲل تُل وناں گرٛھ آں
بِہ تِہ سَرکھ لٔوی مقام ڈلِہ ہے راتھ

وۆڈلِہ گتنٕ وأنٕسِہ چھم لیکھِتھ اَزلے
زُلف شیٖرِ کتھ ژہے یام ڈلِہ ہے راتھ

وَلِہ سہ پۆختاو ازجنو پنٕچ کَتھ
گرٛھنہ روزِنی یہ خام ڈلِہ ہے راتھ

یاوِ نکی چھو کھ ہِلالہ گنٛز راوکھ
ٔنتھ تِہ ماوار آم ڈلِہ ہے راتھ





بِتھ سَنا کِنۍ وڑاو یِتھ ،یُوٗ ساتھ از
دیُت مینہ تمۍ بے وایہ ملاقات از

تِہ مینہ گژاون تھوٗوی کرِتھ جگرس اندر
گنڈ مُژرنکی چِھم نہ یتہ حالات از

سو کھ مُہتھ نیُونم اویدی پوکی دوہن
چھس منگان سمہ یُس ستم خاراتھ از

آلہ نیرِتھ تالہ ژٔنیل لوگ ہاوسن
لولہ چھینہ حض آوِرِتھ صدماتھ از

شہہ شہن یتہ رأچھی روزِتھ ،ییر بوٚن
ژایہ ماشروکنہن یِیتھے ژو ناتھ از

ہُلو ترِیے گرٔ ند لأجِتھ دوکھن دادن ہِلال
سار تھاوان کَس اَکِس حالاتھ از





ہوش ژِہ کر آکاش ژِہ بُن
گیہِ منز پاسے گاش ژِہ بُن

یِہ لفظن کُھرِ ناو بیئی
یِہ نین سوٚخنن واش ژِہ بُن

یُتھ زِو زاگل وقتس منز
منز ماداہچ لاش ژِہ بن

زاہِ یِتھ نیٚنگلاوُکھ دوکھ دأدی
لوٗکن منز خوٚشباش ژِہ بن

چھوکھ گٹہ زاوُکھ تارکھ مال
عامس منز آکاش ژِہ بُن

آو ہِنہٕ زنہٕ بیٚنیہ کاہُنہ سُقراط
یُتھ سمہٕ لیس کیٚنہہ راش ژِہ بَن

ییٚنہٕ وُچھ سپدِ نیکھ قبرستان
یادن ہوٚ نٔد یاداش ژِہ بَن

از یوٚد مشرِنہٕ آکھ ہِلال
دِل کھو پٕہچھ آش ژِہ بَن



کوٚرُکھ ژِۓ سوٚرٕلمِ اَچھو حأراں دِلو
گأرتھن نتہٕ آیہ اَنگراواں دِلو

چھُکھ منگاں خأراتھ سَمیس موٚت چُھکھا
ازلہٕ پیٹھٕ سوے پانہٕ دگ للہٕ واں دِلو

گرٕلشمہٕ ژٕنڈ لوٚکھٕ پہٕ شیٚہلتھ بیٚنیہٕ گُلن
یوٚہنہٕ سوٚنتن واو ژٕیٚنے زالاں دِلو

پوشہٕ بٔرگاہ واوِ گرٕاین گوکھ موٚت
مانٔشہٕ دُورِتھ چُھکھ سیٚکلِ ماثڈاں دِلو

کوٚچہٕ پھیوٚر گاشس کوٚرُتھ اَنہٕ گوٚٹ سوٚرُتھ
ثٔرپھ ژٕچھ تھکھ لورِ چُھکھ پُھٹراں دِلو

تیٚہہ چھوٚکن تیـزاں خالےٚ دم رٹن
ریٚہہ خیالن لجٕ تہٕ مَن شولان دِلو

مُدھتاہ ئِدی ساٲر زگتس کرٕ حِلالؔ
راد زیٹھاں موڈ چھنہٕ موٚکلاں دِلو





یٖتھ کٔنہٕ وارٲہ ہیٚور اَسمان
تۄہہِ چھُ نظرن کھۄڑٕ اَسمان

راتھے باسان وٲنجہٕ وَٹھ
راٲژی چھُوٚنیٚو جوٚر اَسمان

پیالَن بوٚر ڈُج زوٗنِل راتھ
تمہِ وزِ کوتاہ کھوٚر اَسمان

مورٕ سِلہِ یتمن دِژ اسہِ ٹَن
یِتھٕ ماطے اَسہِ کوٚر اَسمان

کھاوَل وقتن تَلنم نۄس
ژلہٕ کوٚت چھُم لرٕ لوٚر اَسمان

پینہٕ برزٕہ رأوی تارکھ نب
پالنو ژکہِ پھی ژھوٚر اَسمان

ژوٚی ہَد ثنۍ راوان ھلالؔ
یینہٕ سوٚنچِس بَنہٕ کھوٚڑ اَسمان





یینٛلہِ زاہنہ ؤژھ گُلزارٕچ کتھ
یاد پیٚیم کنٛڈی کارٕچ کتھ

زُلفن ماکوٚر تمےٚ پأراو
پژھ انٛدٕ ؤژھ شیٖشہجارٕچ کتھ

ؤبھ کُمہ جاراہ کوٚر کمےٚ تام
یاد میٚۓ پیٚیہ لوکچارٕچ کتھ

لِلہٕ کھوٚل ییتہٕ دوہ گو نیتارس از
تھاوُ مہٕ تُل بِلہٕ ژارٕچ کتھ

سرٕوے پانیو پانیو لوگ
گُس باکرِ سَمسارٕچ کتھ

ییٚلہِ ییٚلہِ پزرٕک ناو ہیوٗتُھ
تیٚلہِ تیٚلہِ ٲژھ وستأرٕچ کتھ

کَسلاہ ناٚگِٹھس جانٕس گاٗم
وٗنۍ نم لارٕس دأرٕچ کتھ

راواں راواں رود ہِلالؔ
تُتھ ییٚلہِ اسہِ لوکہِ چأرٕچ کتھ





آکھنہٕ پوز ییٚلہِ یاے آکھ
شولنہٕ لوٚگ اوٚند پوٚک وأناکھ

نُسرکھ کڑی کڑی حاصِل کیٚاہ
وہی تتھ ساتس ییٚلہِ زایاکھ

یہ چھُ ہتی مأراہ بُستی سأنز
نہٕ چھَ کُنہٕ یلہٕ گی نَے کُنہٕ کھٹاکھ

تَس کَر گوزتھہ ڈُمٹس ریوٚتز
ہأوی مس زَیہٕ شری گأمتی آکھ

اوٗسکھ دوٗر تہٕ پھوٚلی ارمان
یینہٕ آکھ تنہٕ خُض زَزری تزاکھ

للہٕ ناوُکھ زاسُٹری ہٕشنزِ براٴنٛشر
ییٚنہٕ ہاوکھ زاہِنہٕ جگرٕکی چاکھ

ترٛاوِتھ محفِل کیاڑ جھلاآ
ژٕ تہِ ہیٚ کمِہ چھمِہ خَمِہ آیاکھ





روز بار روز وُنہ سِیر باوِنی چھ کینہہ
آکھ سینکی مگے پأری، ہاونی چھ کینہہ

سرٕہہ پھرُتھ ہرِد بزی گأمتس یاوِنس
بیہتھ ساتھاہ پھولن پوش چھاوِنی چھ کینہہ

لِکھ اگر تھود سنگ مٔنزلس واتہٕ ما
گال کھأتس صدم چأنی ترأوِنی چھ کینہہ

نگھ چھ تراوان بستی تہٕ ترأوِن چلو
چار چھأ اُتھ شہرے بساوِنی چھ کینہہ

یٔژھ بنیٖ، پٔژھ بنیٖ، چأنی دِیے تے قسم
یاد پاوِنی تہٕ یمہٕ رِژہی گساوِنی چھ کینہہ

ہوشہٕ موٚلہٕ وِتھ بینی خونہٕ سٔری چھس ہلال
موت چھُ لاگن پردٕی آناوِنی چھ کینہہ





دِل بنیہِ گو از گُل فامس کُن
وُچھ نادانس خامس کُن

شاد مرگ کرِنکی چھی ژھل
یُتھنہٕ گژھکھ پاغامس کُن

چانِس حُسنس دِیُت عنوان
قلمک روٗخ اِبہامس کُن

ییٚلہٕ ییٚلہٕ لارس داروٗنٔ
مانہٕ دیْنِس اِلہامس کُن

آدمی رٕتھ مٔرین پشیان
مےٚ وُچھ دامس کُن

وٙلہٕ اسہٕ یٔر عٔشقٕنۍ اوراد
پھیر مہٕ ٙعامس خامس کٔن

سبزٕ رٕس پزٕرس لٔج سکراٹھ
شہرٕنا رٕوٕ خ پھیٚر گامس کٔن

یٕر دیٚو ییٚلہٕ ویٚو ند جان ہلالؔ
پنٕنہٕ ینٚو پھیٚر اِلزامس کٔن





چانہٕ پنہٕ ییتھ پھولیا گوٚلاب وَتن
مےٚ چھُ ووٚنہٕ مُت پنُن شباب وَتن

دوٚہہ دوٚہس خاب مُنزٕ لگی ییرم
راتھ راتس کوٚرُم حساب وَتن

کُل گُدٕم ییمی سَفر مدام سفر
کھڑی مہ تھاوِم تمی جناب وَتن

دزایہ مہٕ اَتی یارٕ ترٛاوان اَز
پزٕ کتھ پیٚدس زن چھکاں شراب وتن

خوٚش ہواوہ ڈلان صحراون
کرٛایہ زالان چھُ آفتاب وَتن

لول رہبر بنان ییلہِ نہٕ ہلال
تیلہِ نہٕ روزان کنہِہ حساب وتن





یادٕ ووٚترٕ چھُم تیٚلان جِگرس تُل کانٛہہ کنھ
ووٚتھ طُوفاناہ بێنیہِ مَنہٕ ٲسدرس تُل کانٛہہ کنھ

مَشرِتھ لوٗلُک، مشرِتھ پرٛانٛہن یادَن ہوٚنٛد
چارٕ چھُما بێنیہِ کانٛہہ یتھ مشرس تُل کانٛہہ کنھ

کرٛاز ٲشی تہٕ دول تہٕ ما دِیہِ رِتی بۄزُم
پتہٕ کر یپٛتھ ہیٚمہٕ پتہٕ کرِ ترٛٲہرس تُل کانٛہہ کنھ

کیٛتہٕ یَرکھاوَکھ میأنی ژٕ یمہٕ یوسُوفی خیال
توٚرٛژھ سورٕے پٕتر شہرس شہرس تُل کانٛہہ کنھ

شٕنٛز برکھاوُن یا پاتال چھَ ژھالاہ اکھ
یَتھ گو وُوٚنت وُچھُن مَنہٕ ٲسدرس تُل کانٛہہ کنھ

پوشَن سَپدے ی کُنڈی پنہٕ نِہن بیگانہ رہلال
پٕمہٕ الزام تہٕ میأنس سبزرس تُل کانٛہہ کنھ





دِل یہِ میونؐ چھُ یُس لوٗگ دوٗلابن دوٗہے
کوٗنڈ ٹِنھ کوٗریہ دٕتہٕ سٕری گوٗلابن دوٗہے

رُود اَندکُن ہٕزر ہینھ یٕہ پادن ووٗ ندُکھ
آو برٛونہہ کُن یٕہ بُتھ لوٗگ عذابن دوٗہے

یُس اَکھا ژٕنہہ گرٛژھان گوٗسہ گوٗ ژٕپنہٕ دِتھ
ٹُل مَژر ٹٕلی پیٹھی آفتابن دوٗہے

گیہ وَنِن تٕس یٕہ میأنی نینبہٕ دٔزاس ما
پان مٔلرن پُشُر اُمی حُبابن دوٗہے

یٕسی وِتِسی تزأو نظراہ میہ کٔمہ تام سٔتر
یُئی وِتمہٕ لوگنس ٹٕلی عذابن دوٗہے

ییٚلہٕ وِتیٚلہٕ دألی دٔکہ دِتی ہلاس یمو
پوشہ پوٗزا کران رُود خابن دوٗہے





واو گو تخ بند کڑی اَسہ دارِ بر
سوئتہ شیٖہجارس تہ پھُرِ اَسہ دارِ بر

دارِ بر تزِوپرِتھ نیٚبرِ وُزھ ٹاسہ راے
دِل وۆتھم رود دیاوِں کھڑِ اَسہ دارِ بر

تأری دارِن لگو تہ وٗلِ وٗلِ پردٕ پیٚیے
واہی کیٚھتھ تمہ ساتہٕ کھُری اَسہ دارِ بر

گۆڈ گٕیلی واُراُگی کُھٹو سانیٖن لرِین
یہِ اُنتھ گِنڈباشہ جُری اَسہ دارِ بر

کفنہ مۆردن واُلی وسہ تالوٗ سجاوی
مقبرن اُنی پیرِ گٔڑی اَسہ دارِ بر

رَہ دوٗہے اَسہ کھول ہمسایس ہلال
یاد ناپھی کر مُژری اَسہ دارِ بر





مۆلہٖ لبن امارن پھیش دِتھ گُذریاو اُزنیک دۆہ
کمہٖ مأری مشدی ارمان ہێتھ آیاو اُزنیک دۆہ

اکھ آش زٕ آکاش مُنگ شولہٖ ہے یکبار
وُہی موتہٕ بڑوٕنہے کیناز یُتھ آیاو اُزنیک دۆہ

ہُتہٕ ہری یہ ہُنہٕ آکاشہٕ وُسِتھ آونیصف راز
یتہٕ ببہٕ تہٕ لوٕہ اُمایہٕ زن وۆتلیاو اُزنیک دۆہ

لجہٕ یٹبہٕ زبأنن تہٕ ہٹن چیر کنن تھٕی
دم پھُٹ وُچھتھ سمار زن وولیاو اُزنیک دۆہ

دۆپہم ژٕہ کوتاہ کال ترکھ پرانہٕ پوی تارو
بدلن ہیوتم پالو بڑوٕنہے بدلیاو اُزنیک دۆہ

ڈُبہٕ ڈاس کرٕتھ وأنسہٕ ہلال از میٕہ لوٕبُم یام
کُنہٕ وام گیمٕ دُورِ زِ مۆکلیاو اُزنیک دۆہ





میٚوٚن سوٚدٕر چھُ ترٛیشہِ ہوٚت چاٲنۍ ہنر وُچھم گرزان
شوقہٕ سفر کُڈر سبھٹاہ مُتی چھِ پکان اَسان اَسان

گُلۍ ژٕ دِنان سیکلی وُچھتھ باکہٕ ژھٹان رہٕ ہلی سٔرتھ
رٔتھ چھُ پدٔین مُلان مٲنز کنڈۍ چھِ یمن وَتن ثُبان

لولہٕ ہَوَس سُہ دیدہٕ دوٚر، چرخ کھیوٚلن چھُ گاٹہٕ جانہٕ
ناوِ چھِ نم پتہٕ ہم رٹان وولرٕ مَلرَ دوٚتھان ووٚتھان

گرتند بہ کرا دوٚیُم ہسأ میأنۍ اترِی چھِ آنتہٕ ژسی
أچھی بہ تُلا چھِ رحمتکی ہبری بہ شُمارٕ بدی نَیان

کمٲ ژیٚی ووٚنی یزید ووٚنی ہیتکہٕ ژھیے زخم لُبھتھ
نار دُھکان چھُ کربلا وُنتہ فُرات تعش گرزان

بوزِہ گِنڈِ وِنیاہ یہ میون سونہٕ سفر ژٕہ باغ کُن
جامہٕ چھ جانور ژٕ ٹان، پوش چھ نغمہٕ ہوٚے ٹلان

میٹھو مُدری حسین اچھ، ٹاٹھو موٚلی خیال یِتھ
وُنتہٕ ہلاآہ واریاہ دوس چھ تھتی غزل لیکھان





شُکَر نہٕ آیوِو بہار وٕنی توٗ
میٖچھ کیٖتہٕ رِہوٗم قرار وٕنی توٗ

اَگاشہٕ تتہٕ ہشدی گنزری میٚہ تارکھ
یِمن چھوٚکن چھا شُمار وٕنی توٗ

انگس انگس تیٚہہ تمٕس شرانٕج
نظر نظر پرُخمار وٕنی توٗ

ہمیوٕ لوٗنک سٕرتب پتہٕ ہَتر وٕزھ
وُہاں وُنہٕ کیٚنُھ پہٕ نار وٕنی توٗ

نہ باغ ژھارُن پہٕ شیرِ آیُت
گلالہٕ ہیوٕ باو بقار وٕنی توٗ

سُہ کرِ ہٕ وِیٚہہ داہٕ رُود چاوان
میٚہ کرِ ہٕ سوٚرمُت چھُ دار وٕنی تو

سُہ گو تہٕ بُتھی پھیٖر مُتِس امارس
دِلَن کوٚرا اعتبار وٕنی تو





کاہہ وَساہ چھُنہٕ ٹُکن ٹیکیو پانس
کُنۍ تہٕ کیول پکَن ٹیکیو پانس

ژھایہِ ژھایَن گُپھتھ چھَ یَتہٕ زاگان
کاہہ بہٕ کأنسی سنَن ٹیکیو پانس

زونہٕ وَن ئُس اَکھاہ تہٕ وَتہٕ ہاوُک
رُودِ سۍ کھوٗر وَتَن ٹیکیو پانس

یُتھنہٕ مہلاہہ بج ٹھولیو ووٗنی آش
پھَش دِوان لَس چھوٗکن ٹیکیو پانس

اَز چھَ یخ بَستہ لولہٕ نارٕچ رہہ
از چھ نارٕوی چمَن ٹیکیو پانس

یِنہٕ شینویٖنہ گرشھیو ہلالنٕ باعشی
اَدٕ چھُ اونٛد لوٗک دزن ٹیکیو پانس





کَمہِ کَمہِ رَنگ ییَتہِ ہاوان لۄکھ
کَمہِ کَمہِ ہُتھ بدلاوان لۄکھ

پیِنہِ نِہن وایان سٔشراکھ ۂنِٹس
پیرہِن ییَتہِ رٕنٛزناوان لۄکھ

پوٚت کنٛجہِ دوٚل داماٚنہٕ چھَلان
بزوِہہ کنہِ زُو اَلِہ ناوان لۄکھ

زالان ییَلہِ ستمن ہُنٛد نار
پھوتکھ دِی دِی وُہہٕ ناوان لۄکھ

ٲلکہِ موٚت گوٚاَنہِ گوٚٹ پٔزری پأٹھو
پٔزرٕ کنٛتہِ کوٚتہ پچھ بناوان لۄکھ

نیاین پہیٹھ وو تلاوان نیاے
نیاے پۂ زہۂ أنزراوان لۆکھ

سۂزرأہ میتہِ ازموو ھلاآل
سۂزرس کھُر اَنۂ ناوان لۆکھ





راٰوِم واٰنس وُچھاں ہلمِ خاب
دِلہٕ ہَن رَنٛزٕ ناٰوتھ ژٕلی خاب

بیٚیلہٕ بیٚیلہٕ آش ژھوٚکےٚ یم زٕ ژھاں
تیٚلہٕ مَنہٕ ناٰوِم ژٕھلی ٲلمِ خاب

خاب وُچھتھ تاٰبیرے روو
یَنہٕ وُچھ دوٚ ہلے روٗتلی خاب

کھوٚنہٕ کھوٚنہٕ للہٕ ناٰوِم راتس
صُبحے صُبحَے کوٚت ژٕلی خاب

موٚت یاوُن وُچھ لوٚت مابھیور
مےٚ تہٕ شکلا وے مَسولِ خاب

تارکھ نَب توٚتہٕ باگنز اود
لٔسۍ تَن اَسہٕ یِمہٕ پاہِتلۍ خاب

چھنہٕ ی کٔر سوٚکھ ساٰوی زگتس نیر
میٚہ چھَہ بُڈ ارزتہٕ ہلۍ گلۍ خاب

رتہٕ وِی راوٕری خاب ہلال
یِہنزی پُرٕ زی وُچھ سوٚنتلۍ خاب





رٕٹُھ ئِیٚڑ کأٹِ اماپرٕچ کتھ
لوٗچ کتھ باپارٕچ کتھ

وٕنہٕ ہاپٕت پینہٕ سأ ٹارِیوٚکھ
اَسہِ کٔر آدمی مارٕچ کتھ

بِجلی کوٚٹُن مٔزی اعلان
گاشس کٔر گیٚڑِ کارٕچ کتھ

اَمنک لوٗنٛدٕ بَس جنگ موٚکلیوو
لوِ سرٕ وٗژھ ہتھیارٕچ کتھ

بیہہِ اخبارن یوہ کی پأٹھؠ
چھاپٕچ ، نارٕچ ، مارٕچ کتھ

کرٛیک ڈاوٗن[1] زنٕ لوٚز ہلال
مُشتبِہٕ گیہِ اِظہارچ کتھ



1. CRACK DOWN



یٚتہٕ اوس باسان آبہٕ سمندر
برٛوٚنٛہہ وأنِتھ خوٚن نابہٕ سمندر

ڈُنگ دِتھ ژٕ یٚتہٕ صحراون روٗدُس
ہیٚتھ آس وُہہٕ وُن خابہٕ سمندر

دارِ تہٕ بَر ترٛٲوِتھ آوِتھ کھٲوِو
تیٚبرٕ دَپان شُہلابہٕ سمندر

شدرٕ زُوِس کُن دٕراکھ تہٕ حِسّیں کر
مانڈُن پیٚھی بے تابہٕ سمندر

زُون تہٕ تارکھ کوٚژھ ہیٚتھ آمُت
بَمرِیہٕ زٕژن دٕسلابہٕ سمندر

یَتھ لٔج رێنہہ ہِش سأری تھاٗوِو
ہلمن بٔری بٔری آبہٕ سمندر

چھُنہٕ ہلاٰلؔ ییتھےَ تر ٚہرلوٗمٕت
پرٛتھ اَندٕ چھُم اَختابہٕ سمندر





بیـیلہِ قسمت اَزماوُن پیٚو
نوٗن نب بر سَر تھاوُن پیٚو

بوٗنین ہوٚند پےٚ لیکھتھ لوٗس
واوِ کُلِن سگ دِیاوُن پیٚو

پوٗش وُڈِسی گُلو جاناوار
پتہٕ اکھ سوٗنتھا چھاوُن پیٚو

اُسہٕ کرٕ دوٚن اُسی گے سوقراط
زٕہر پنہٕ نُی ویتھ ناوُن پیٚو

کینژھا گژھنا آسنہٕ راش
پتھہٕ مادوٗل سٕرٕ یتھ ناوُن پیٚو

ییتھ شہرس آوناری راس
ییلہِ ییلہِ شیٚہلیو تاوُن پیٚو







گَنڈ أندرِم مُژرآوِو حض
اَدِ کیشر ھافوٗرماوِو حض

ہتہٕ مژرس گوبے نتہ بے
ووٗنی پیوٚ پاَیس تھاوِو حض

کھُونتیوٚر تہٕ سِہری کرِی ہو پاد
پیونشاہ دَم شیہلاوِو حض

یَتھ حض ہیوٚتوٗ پرٕتھ انْدٕ نار
آب دہ ژھن منز تھاوِو حض

أندرِم چھِو کھ أندری للہٕ وان
وُ کھٹہٕ تہٕ مگر گُمہٕ ناوِو حض

شُنہٕ شُنہٕ بُتھہٕ چھُوشُدرٕ سَنبر
پنہٕ حض ہسنہٕ وبے رأوِو حض





اوٗس تیلہِ کیاہ کیناہ نہٕ باوان کمھ مہٕ کر
اَز چھ ہمھ ہمھ پرٕدٕ تھاوان کمھ مہٕ کر

چھالور شروکنہن چھ ژاہتی اَلی راٗوی
ریشرٕ لاہ مارٕنیک چھُ آیان کمھ مہٕ کر

کس نہٕ ستین رُوزِ مٕژ ڈانبس گنڈان
یپے دٕہن ہمھ بارِ کھالان کمھ مہٕ کر

وِیرہ وارن دٕ ہہ نَین ہیرین چھ ریہہ
شبنمکو تیوٗنگل چھ شوالان کمھ مہٕ کر

سوٗز مس لوٕچ طراوتھ ڈالی اَز
نارٕ کینگ بوٗزُم چھ تاوان کمھ مہٕ کر





ژٲنگہِ رنہٕ ڈٕڈی تہٕ شاڈی یانہٕ وۄنُس
ژٕھ کتھاہ تُجٕ تہٕ اکھ فسانہٕ وۄنُس

لانہٕ اٚس سانہٕ گامہٕ ہوکھ ہارے
شاپھ میتہٕ سُند پتُن ؤکانہٕ وۄنُس

رازٕ بلہٕ دڑاو شِی کٔرِتھ پھاٚلیاو
نیر باپھیر وانہٕ وانہٕ وۄنُس

آو پاتالہٕ ہیتھ اَتھس منٛز لال
وال کیٖنٛژھاوِن آسمانہٕ وۄنُس

رُود دَم ہیٚتھ جِلالؔ دَم دارآہ
آو پےٚ ہیٚتھ لَگو دلوانہٕ وۄنُس





دوہ رووُم یتہٕ ژھاران آب
کوہ ژٕڈٕ ژٕڈٕ کوہٕ لہٕ تاران آب

یوٚ تامتھ یتہٕ کرٚہی رٚتھ اوس
اَز تَتھ گامس ماران آب

اَسہٕ تہٕ چھُ ڈٔل بیٚنیہٕ ونیتھ موٚلیسر
اَسی تہٕ چھ نیٚتبٕرے ساران آب

یارٕ بُلن گوٚ سیمٹھ نالی
چشمو نلکہٕ چھ ہاران آب

اَختابس نیوٚکھ تالس دِکھ
ثُبھٹ ثُبھٹ سوٚتہٕ آس کھاران آب

تاپری وُڑرن سگ چھی دیُن
کرٕنخلیو! گرٔزھ با ساران آب





لۆتہٕ ہیٚے آہم تہٕ لۆترٕچ کانٛہہ کتھاہ چھا، بابہٕ وَن
یوٗرہٕ ہیٚے گوہم تہٕ تَس کینٛہہ میٛون وَنُن تھا، بابہٕ وَن

گوٗس مینان وَتھ تہٕ پَنہٕ نیٚن وَتہٕ پدیٚن رووُم شُمار
مَنٛزِلس واتن کنیٚل قَدمو سَہل چھا، بابہٕ وَن

کرِ میٚہ گنجہٕ واوس تہٕ داوس ٹاٹھی ہاوس میانٛز ہگو
بےٚ وَنےٚ پکھہٕ پھُٹ گیٚم پٔشہ، پٔرھ تہٕ کرٕکھا، بابہٕ وَن

شورِ محشر وۆتھ مَنس منٛز چانٛز کتھ ما آیہٕ راس
پانٛز پنجرس منٛز کرٕن بنٛد کرٕ لوکٹ کوتاہ، بابہٕ وَن

تالِہ پیٹھٕ نب ہیوٗ ہلالس اَس زِ ہیٚتھ زیٹھ راتھ
میٛون دِہی لَد لون وَن، وۄدش وای کینٛژھا، بابہٕ وَن





دیان اَسی بأگہٕ راون سُون آنگُن
بنیومُت شورٕ انٛبہٕ پُرٛون آنگُن

محلٕ محلس کُنٛی تیلہٕ اوس بابا
ہتین از چھون یمہٕ اندٕ میثون آنگُن

چھ باسان پرٛتھ وَتھاہ رتہٕ وانہٕ گاٹٕر
ژھٹان از نار پرٛتھ تُشٕ بول آنگُن

اوٚسُم کوتاہ وِسان گیہٕ راتھ سأرے
وُچھُم وُسہٕ وارٕسئے زنہ پرٛون آنگُن

گیَس ترٛچہٕ یہٕ زنہٕ گرنیٛٹہٕ بزی گو
دوٚسو پوٚد پوٚد ژأٹھہٕ ترٛود میثون آنگُن

دوٚہس پھرٛیہٕ لد تہٕ راتس تھرٗفا ہیُو
یہٕ باسان میون گرٕ ننتہٕ چھون آنگُن





کھوو اَسہِ شام دارِ بَر ترٛوٗپرِتھ
روو آرام . دارِ بَر ترٛوٗپرِتھ

وۆتھ تھیلہِ ہوٚس گاشہِ ریٚشرن تام
ژوٚنگ زاجام دارِ بَر ترٛوٗپرِتھ

اَنٛد بوٚرٕے چھُنہٕ لگان وَتن ٹِکہِ ٹِکہ
میشتر بھاویام دارِ بَر ترٛوٗپرِتھ

اَسہِ چھہ پانٕے وِن ذاتھ پانٕے ناو
کھاو اسہِ کرام دارِ بَر ترٛوٗپرِتھ

گُبھشی، ہٕندریہ، زَہہر یرٛک واو
ووت اَسہِ تام دارِ بَر ترٛوٗپرِتھ

میۆن آغاز شش جہائک سٲل
میۆن انجام دارِ بَر ژۆپرتھ

پیٛنہٕ لوٚبُم زانٛہہ ہلاآلہٕ ژۆن دِلیشن
بِی میٛہ پاتھیام دارِ بَر ژۆپرتھ





زُون تارکھ ژٕبے رأتی راتس شُوب
چُون ظلوٕن چھُم میٚیہ یتھ حیاتس شُوب

میون آسُن نہٕ داغ پانس تام
چُون آسُن چھُ کائناتس شُوب

قلمہٕ! تھاوِتھ اَچھر گرٕتھ ہتہ دار
گژھٕ عبارت تہٕ گال کھاتس شُوب

تژیشہٕ لگی پہر پھیہہ کران زُوٕ ذاتھ
نیر کربَل تہٕ اَن فُراتس شُوب

گأمی گامس وُچھُم دِوان پارٕ
بوومس سِر أنِن سماتس شُوب

گاٹلیو تھوو ذانہٕ دانہٕ حساب
وأنی ہوو گاٹہٕ آیہ کھاتس شُوب





ہر دِکہٕ پوشُک یاوُن زنگ
گژھہٕ کنِتھ چھا ژٔرژھراوُن رنگ

رٔتہٕ پھٔپھہٕ جِگرچ کھٔش اَسمان
سرٕ یَن ہیوٚت سورخاوُن زنگ

سوکھہٕ بَل پیٚراوُن پانس تام
توٚ گژھِہ ما ونیتراوُن زنگ

موسم بدلیوٚ از ہنٕز یِگاہ
ژٕ ہیوٚت اَزی بدلاوُن زنگ

بے رنگ موٕلِروُن گیہ ہنٕز کتھاہ
نٕتہ گو بِلی موٕلِہ ناوُن رنگ

رنگہٕ رنگہٕ لکھ آی رنگٕنہٕ ہلال
توٚ گژھنہٕ اَسی یَر کھاوُن زنگ





پہ پھُس ناکار ناہنجار آغو
دوہے یاپن کوٚرم ویوٚہار آغو
تھوٚوُتھ عآبَن وُرُن میانِن مینتھ چھَم
بَنُم ووٚنی غمہٕ ہتِس غم خار آغو



عطا کرٕ ہم اگر جنّت میہٕ آغا
سہٕ آسِم چانِہ بڑٕ مُروَت میہٕ آغا
نتےٚ آسِم سزا مےٚ نارِ جہنم
سہٕ بنہٕ نے عملہِ ہشر شہمت میہٕ آغا





سرِاسر حض چھُسے بدکار۔ آغا
اَچھن تَل چھم پننی یچھ کار ۔ آغا
ودٕ تھان کھرِ کھَر منہٕ چھَم قہار۔ نُوزِتھ
عفوٗ کرِتم لگے غفار ۔ آغا



پوٚرُم رُودُس پرِٕ کتھ جاٰہِل پہٕ روٗبا
سوٗرُم رُودُس شیرِتھ غاٰفِل پہٕ روٗبا
منہٕ پرٕ ونی ناو چھَم ۔ہَم کھور رودُم
دِہَم نا تارِ لَبہٕ ساٰحِل پہٕ روٗبا





نبیؐ سُنْد ناو ہینہٕ دِل گوم روشن
پھوٗلُس تے لٔج پھُلّے برجستہٕ پوشن
نبیؐ برحق چھ رحمت عاصیٖن کیُت
یہے سَنتھ چھِم ہٕنہٕ اُتھی بیہِتھ بہٕ چھُس توشن

گنہگارن چھُ رحمت



نبیؐ مرکز چھُ سانین لولہٕ آشن
نبیؐ مرہم مَنہٕ چھُم دِلہٕ کین خراشن
نبیؐ سُنْد ڈکھ چھُ پرٕتھ اُفتادٕ فردس
نبیؐ برحق چھُ بُڑ دَولتھ تلاشن





محمدؐ کائناتس تاج برسر
محمدؐ بس محمدؐ بے سَرن سَر
محمدؐ باعثِ تکوینِ عالم
محمدؐ دین و ایمانک چھُ محوٗر



گیٚہ زٲلی چھُ کوٗرمُت عالمس وتہٕ ناش یا رسولؐ
چھُکھ گاشہِ اگرُ رحمتُک ووٗنی گاش یا رسولؐ
مَتہٕ وُچھتہٕ سأنِس کرمہٕ کھاتَس وُچھ پننی شفقت
مَتہٕ تُلتہٕ سانیٖن اَترِ نے پردہٕ خاش یا رسولؐ





حُسینسؓ تشنہٕ کامس جان وٕنڈہا
شہادتہٕ کس اِمامس جان وٕنڈہا
عَلم تھٔز تھاوٕمُی دٲنِج تہٕ پزرِچ
تٔمِس ذُوالاِحترامس جان وٕنڈہا



شہیدِ کربلاہسؑ جان وٕنڈہا
تٔمِس ظلِّ اِلاہسؑ جان وٕنڈہا
دِوان زُو چھیہِ تہٕ دِینس زنٛدٕ تھاوان
حُسینسؓ دِیں پناہس جان وٕنڈہا





زگت اَپزُٕے تہٕ زگتٕگی یار اَپزی
چھ ڈگ تےَ داۓدی پزٕی دگدار اَپزی
میٚہ پرکھاۓوِم سیٹھاہ کُھ یار ازتام
مُدٕر زیٚوٚ دِل اَپزٕی دِلدار اَپزی



آو از تام پوٚز پزان ہُکھیا
رودی از تام ویہہ چوان ہُکھیا
اَکھ تہٕ تارُکھ نٕہ میاٚنہٕ بختُک بوج
آزماوِم میٚہ آسمان ہُکھیا





ژٕ شاژٕچ پھکھ نزاکتھ پأری لگہٕ ہےٚ

ژٕ ساژٕچ لولہٕ باوتھ پأری لگہٕ ہےٚ

چھُ چأنی ژھأے تصویران مصوٚر

میٚہ کیٚنٛت لوٗتی غنیمتھ پأری لگہٕ ہے



کیٚاز بدنام خامخاہ روٗتل

چھُم میٚہ وُژٕوان کمہٕ طماہ روٗتل

اُسی تُن میٚون وَچھ تہٕ گیسوٗ چأنی

رُوزی تن وأتہٕ ہم دماہ روٗتل





ژٕھٹاہ پییے تن خدایا مُدرِ بالس[۱]
ہکہِر یُتھ پییرٕ وَسہِ مدٕ مآتی نالس[۲]
مٕرن یا رُوزی تَن وَ نٕہ گٔھ گُریسکی
وَندس کیُٹ زالُناہ اَسہِ پاتھٕ حالس



پنُن کَس وَنہٕ تہٕ کُس دُشمن بہ زانن
چھُ صُبحن دوس یُس، قاتِل سُہ شامن
اَنان پِچھم جبیرٕ تِمہٕ حالاتھ وَنہٕ کیناہ
چھُ پننےُ نال پننےُ دَس تہٕ دامن



---

۱؎ مُدرِ بال چھُ بنڈٕ پوٗرِس تہٕ گُریس درمیان اکھ تھوٗد بال۔

۲؎ نالہِ مدمتی (مدھومتی) چھُ امہِ بالہٕ پیٹھٕ بنڈٕہ پوری منزٕ وَسان۔ یُتھ سوٗتھتہ کالس سَخ یِپ چھُ لوان تہٕ ٹُکھ چھِ زالُن کیُٹ ہکہِر رٹان۔ یُس مُدری بالہٕ کہ جنگلہٕ منزٕ لوان چھُ۔



بُھٹان گُمہٕ چاَنٛ وُٹھ ڈٕلِشِتھ گولابس
ژے مُستی یُس اُچھن، آسیٚا شرابس
زُلف گنٛڈٕ کار، موکھ سِری یاہ دُیُہرک
بۄزمن کُن ییتھ نظر کوٚز شٔجدٕ کعبس



چھَ بُھتِ آمِژ کُدٕر راتھاہ یہَمنا
کَرکھنا ٹُنٛز کَرا ماتھاہ یہَمنا
مِیٚہ گونٛٹ کاسیم تہٕ لاٚنس گاشہٕ راوِتھ
فقط چھُونےٚ مُلاقاتھاہ یہَمنا





وَفادأری چھُ وٚقمتُ یارِ کٔہی کاس
خلوصُک ناو ہیٚون گوٚ عأنِ بکواس
اَما ظُلمس رحم سِتمس کرَم وٚون
قنٛدُک دِتھ ناو چوٚن ییٚو زہراَلماس



پِھرِتھ یم بٔلۍ دِلک درواز ترٛوُوم
پَنُن زانِتھ وۄپرَ منۍ مشٛز بسوُوم
میٚۍ زانیو بور لوٚتٛرِ راوَن غمَن ہوٚنٛد
موٗلُل دُردانۍ أنٛدرِم نیٚاِ نوُوم





پھُٹان گمہٕ پچاٲنی وُٹھ ڈیلشتھ گوٗلابس
ژے مُستی لیُس اٲچھن، آسیاٚ شرابس
زُلف گٹہٕ کار، موکھ سِری یاہ دُپہرِک
لوٚمن کُن پیٚتھ نظر کوٚرٕ سجدٕ کعبس



چھِ بُتھ آمُت کُدٕر راتھاہ پیٚہمنا
کَرِکھنا ئنز کَرا ماتھاہ پیٚہمنا
میٚنہٕ گوٚنٹ کاسیم بترٕ لاٲنس گاشہٕ راوِیُم
فقط پچھُوٗنے مُلاقاتھاہ پیٚہمنا





وَفادأری چھُ وۆکھمُت یارِ ہُتھ کاس
خلوصُک ناو ہیۆن گَو عأنِ بکواس
اَما ظُلمس رحم سِتمس کرَم وۆن
قنُدِک دِتھ ناو چۆن ہیۆ زہرِ اَلماس



پھِرِ شرے یم بَلۍ دِلُک درواز ترٛووُم
پتہٕ زأنِتھ وہ پرَمنہٕ مشٕرٕ بسوُوم
میۆ زانیو بور لۆزِ راوَن غمَن ہۆنٛد
مولُل دُردانہٕ أنٛدرِم نیٚاوِ لووُم





دَیان چھُکھ سُوٗنبہِ ییہِ پوٗشن گرٛزھن ڈیر
بِشھٹے ہتی وہ لسنس ہِن پھیرِ وُشنیر
کَمن پرہیزگارن حض برٛمن دِل
ہِلالس ژٲلِہ ہاوَے توتہِ ہندریر



کَمن آشن پیٚم سُہرٕ دَگ وَنٔے کیاہ
غمن ہٲشرِ شراکہِ ژٲٹ شہَہ رگ وَنے کیاہ
وَنہٕ لاکِق میٚہ لفظے ریچھمہٕ دردس
گٔنڈر ییمہٕ میانہٕ سینکی گگ وَنے کیاہ





چھِ پوشن سینہٕ ژٕٹہٕ ناوان نظر چأنۍ
بہارس تام منٛدٕ چھاوان نظر چأنۍ
شرابک پیالہٕ چینہٕ وأنِس مُبارکھ
میٛنہٕ چھَم بے وایہٕ نشہٕ راوان نظر چأنۍ



وُجودس چھَم میٛنہٕ الہٕ راوان نظر چأنۍ
پدٕین تَل نار وُبہٕ ناوان نظر چأنۍ
اَنکھ سےٚ کاتھہٕ کَتھاہ زیٛلوِ پیٛہٕ مسأ اَن
دِلک سوزٕ پزر باوان نظر چأنۍ





دَیان چھُکھ سُوٗنتھ پیِیہ پوٚشن گرٛزھن ڈیر
شِھٹے ہتی وہ لسنس یِن پھیرِ وُشنیر
کمن پرٕ ھیز گارَن حض برٛمن دِل
ھِلالسَ ژٕلِہ نہ ہاوٕے لوتہِ ٲہندریر



کمَن آشن پیٚیم سُرٛدگ وَنٕے کیٚناہ
غمن ٲشنزِ شتراکہِ ژٕٹ شہَہ رگ وَنے کیٚناہ
وٕنہٕ لایِق مِیہ لفظٕے چھمٕنہ دردس
گنٛزرِ یِمہٕ میانہٕ سینکہٕ گگ وَنے کیٚناہ





چھہ پوشن سینہٕ ژٕٹہٕ ناوان نظر چأنی
بہارس تام مندٕ چھاوان نظر چأنی
شرابک پیالہٕ چینہٕ وأرس مُبارکھ
میٚنہٕ چھم بے وایہٕ نشہٕ راوان نظر چأنی



وُجودس چھم میٚنہٕ الہٕراوان نظر چأنی
پدین تَل نار وُہہٕ ناوان نظر چأنی
اَنکھ نَے کاتھہ کَتھاہ زیٚلوٕ پیٹھ مسأ اَن
دِلک سوزِ پرزہ باوان نظر چأنی





میٚہ بخشتم عشقِ رومی ، سوزِ خسرو
سنأیٔ ہنٛز عطا کرتم میٚہ یژھ پژھ
چھَ تیٚژاہ بشدگی ہٕنٛزلے میٚہ گأمژ
خدأیٔ تیٚ دِہم وُچھ ماڈلےَ رژھ

(اقبالؒ)



مسلمان فاقہٕ ہیٚوت تےٚ جشنٕ موٚت ہیوٗ
چھ امی سندی کارِ جبریلس تُلان توس
وٕلِو اسی کٔن دِمو کُنہِ وٕکھرِ قومس
یہٕ قومے عالمس اَکہٕ بور کیاہ گوس

(اقبالؒ)





مےٚ ہنناوَکھ اَچھُر تمہِ آیہِ ماچھُس
مےٚ مُشراوَکھ مَشتےَ کم پایہِ ماچھُس
أچھن کھٔشےِ دِتھ تہٕ ہَتھ ہَتھ پردٕ ترٲوِتھ
دَس لرِلوٚر ژٕ وُچھ ہمسایہ ماچھُس



دوہا اوس وُچھ مےٚ یامتھ زالہٕ لوٚگ دِل
دِیماغس ناوگیہِ یَتھ روو ساحِل
جوٲنی ہوٚند تَژر ہیٚنہِ ہیٚنہِ ہُمان گو
بجُز افسوس پَتھ پَلہِ کینہہ نہٕ حاصل



# مأج

کُس دابہ چاوان روز دہہے اَسہٕ رگَن ہوند خوٗن
کُس آی کانچھان کُس اَچھن لَج سانہٕ باپتھ زُون
تمُہ مَنٛزٕلِس گُرٕ گوٗر کوٚر مُشرود پنٛن پان
کوٚنڈ ژاو تہٕ کُس رووسو کھ، کُس اوس تیلان توٗن
مَستانہٕ لاٗگِتھ شوٗب تمُہ ساٗنِس وجوٗدس کھاٗج
یہ چھ مأج فقط مأج

للہٕ لوونکھ، ہیچھ لوونکھ گیشہٕ باشہٕ تہٕ کیاہ کیاہ
وِسہٕ لوونکھ، اَسہٕ لوونکھ، ودٕ لوو نکھ مازاہ
وُزٕ لوو نکھ، سولہٕ لوونکھ، یوٚدےٚ ژےٚ بندرٕ ناش
ہیٚر لوونکھ تمہ سون تہٕ دوگُن ماٗلمک وَن با
تمُہ داٗنِس پنٛنہٕ تاوِنہٕ کنِن واہ گُلبن لاٗج
یہ چھ مأج فقط مأج

چھاکاتھہ اکھا تیتھ یسہٕ آمتۍ باگہٕ متیو غم

پوز دود آسان پانہٕ سے للہٕ وُن بیس ہوکم

وُچھہن ژہ پُز غم خار تہٕ دگ دارا کے ذاتھ

یُس دگ پننۍ مُشرِتھ چھ اَسہِ لاگان چھوکُن مرہم

آسو پریشان اَسی تہٕ چھ اَمی سے لگان تُلہٕ تاج

یہٕ چھ ماج فقط ماج

جنت پدین تل اَمی ہندین یہٕ چھ رَحمتے رحمتھ

چھے لون شیران ییلہٕ تہٕ زن سوران چھے زاہ ستھ

لوٚلہٕ تہٕ رحمہٕ عظمتچ اکھ زندہٕ مثال

پرزناو اَمی سُند حق، خدا لبہٕ ہن خدائیس پتھ

یمہٕ نہہ تہٕ ننہٕ در چانہٕ باپتھ راتی راتس زاج

یہٕ چھ ماج فقط ماج

شہجار یہٕ رتہٕ کالہٕ بنان وَندہٕ وَلان نال

اوٚش قطرہٕ ژسی وُچھتہٕ وندان چھے یہٕ پننۍ لال

کاتھہٕ پترٕ شہجن، کرایہٕ ژزن کَس چھ یتہٕ پروا

زلوٚ زیٹھ کرنس تانہٕ تلاہ اَندرٕ بدل حال

دگ دار چھ پزی پاٹھو کلیو سأنی دگ یمی ژاج

یہٕ چھ ماج فقط ماج

# سوکھ

ژٕ یِکھ تہٕ یکبار ییہِ جوٲنی
گرٛھکھ تہٕ راوِیم شباب پھوٚلہٕ وُن
اَسکھ تہٕ کوسم پھولَن میہٕ أندۍ ئکو
ژَکھے گرٛھک گٔنڈۍ ژٹن میہٕ وأرِنج
میہٕ کُن وُچھکھ زٕندگی میہٕ پھیریٚم
نظر ژٕہ ڈالکھ تہٕ موت سُے گو

کمأژٕ سُہ دوٚہ میہٕ وُمبر ہُند چھم
وُچھتھ میہٕ سیٚدٕ بُتھہِ تہٕ لٔج دِلس تھف
سُہ گرٛ میہٕ آسم بہار باسان
سُہ گرٛ میہٕ وأراگ ہیٚو ٹُلان چھَم
سُہ گرٛ بنے یَم میہٕ اکھ سکوُناہ
سُہ گرٛ میہٕ کتران جگر وُنس تام
سُہ گرٛ زٕ بیلہِ دوٚن دِلن سیٚد میٚول
زمانٕ ولیسرٕلو تہٕ شوق وۆلہٕ ہے

چھا کانہہ اکھا تیُتھ یُسہٕ آمتی باگہِ متیو غم
پوز دود آسان پانہٕ ہے للہِ وُن بیس ہوکم
وُچھہن ژٕہ پزٕ غم خار تہٕ دگ دارا کے ذاتھ
یُس دگ پننہٕ مُشرتھ چھُ اَسہِ لاگان چھوکن مرہم
آسو پریشان اَسی تہٕ چھُ اَمی ہے لگان تُلہٕ تاج
یہٕ چھُ مآج فقط مآج

جنت پدین تل اَمی بندٕ ین یہٕ چھُ رحمتے رحمتھ
چھے لون شیران ییلہٕ تہٕ زن سوران چھے زاہ سُتھ
لوٕ لچ تہٕ رچھ عظمتچ اکھ زندہٕ مثالاہ
پزٕ زناو اَمی سُند حق، خدا لبہٕ ہن خدا یُس پتھ
یمہٕ نہہ تہٕ ننشدٕ ر چانہٕ بانچھ راتی راتس زاج
یہٕ چھُ مآج فقط مآج

شہجار یہٕ ر تہٕ کالہٕ بنان وَندہِ وَلان نال
اوٕش قطرٕ وٕسی وُچھہٕ وندان چھے یہٕ پننٕ لال
کانہہ پتر شہٹن، کرایہ دٕزن کُس چھ یتہٕ پروا
زلو زیٹھو کرنس تانہٕ تُلاہ اَندرٕ بدل حال
دگ دار چھُ بُزی پاٹھو کلیو سانی دگ یمی ژاج
یہٕ چھُ مآج فقط مآج

# سوکھ

ژٕ یِکھ تہٕ یکبار ییہِ جوانی
گژھکھ تہٕ راوِیم شباب پھوٚلہٕ وُن
اَسکھ تہٕ کوسم پھولَن میہٕ اَنٛدریٔکو
ژَکھے گژھک گٔنٛڈی ژٕٹن میہٕ وائِنج
میہٕ کُن وُچھکھ زِندگی میہٕ پھیریٚم
نظر ژٕہ ڈالکھ تہٕ موت سُے گو

کمأژُ سُہ دوٚہ میہٕ وُمبر ہُند چھم
وُچھتھ میہٕ سیٚدٕ بُتھہٕ تہٕ لٔج دِنَس تحف
سُہ گیرٕ میٚہ آسم بہار باسان
سُہ گرٕ میٚہ وأراگ ہیوٚ تُلان چھَم
سُہ گرٕ بنے یَم میٚہ اکھ سکوٗناہ
سُہ گرٕ میٚہ کتران جگر وُنس تام
سُہ گرٕ زِییلہِ دوٚن دِلن سیُٛد میوٚل
زمانٕہ ولیسہٕ لو تہٕ شوق وۄلہٕ سے

مےٚ زُون بے کامیاب زودُس
ٹکن گیوٚزِ گیت بس وٕں سأنی

مےٚ کیاہ خبر چھَم زمانہٕ لوٚگمُت
چھُ راتھ دوٚہ سوٚکھ تیار کرٕنس
سوٚ تھاہ سُہ یُس دوٚن دِلن جُدأیی
سوٚ تھاہ بُہ پزٕ آبِتھ تِہ یُس چھُ قأیِم

زمانہٕ بس أتھی سوٚتھس چھُ تأبیاہ
یہ سوٚتھ چھُ موجود أسی زٕلوکر



# پٔتۍن سَگ

بێیہِ ژھێپل ژھاێن بہارَن گُنٛد میہٕ از

بێیہِ میہٕ اَڈٕ پھٕلی پوش یُہسکٕ گے وَلٕسی

یِیھی تسبٕھٹاہ یَیتھ وأنسِہ منشز وأراں بہار

آے گیے ، لۆز میٛون سێکہِ صحراوِی دِل

رُودتاپس منٛز دزاں ہٕشٕشرس شہٹان

یِمہٕ میہٕ اَتھ باغس بناوم رأچھ در

آیہِ تَن تھوی نَمکھ ییٚنٛز ارماں تہٕ لول

پوشہِ برٕگن ہے دِتٕکھ زاہٕنہ سَگ تہِ لۆز

مۆلہٕ پٔراٹے رودی تم أندری کران

یُس تہِ وَتہٕ گژھ لۆک تہٕ کۆرنکھ دأۍ خأر

یان میٛونی زانہِ مۆلن کیاہ بنیوم

ہردِ وزِ میأنس دَدارس کیاہ سُنیو

ہے میہٕ نا ووٗنی سُوشہتھ مُمکن چھاوِنے

کھالہِ کیا راہ کأنسِہ اَتھہٕ بینی پھۆرم



# وۆپر

ژِکیازِ مییہ کُن ہتلِہ ہتلِہ وُچھان
ژینے تہِ مییہ کیناہ ہشر
ژِہ اکھ کُنہِ شیل تہِ مییہ وناں چھِ آدم
کِنہ رووُمت پہِ چھُی کینہہ ؟
پہِ چھُسے نہِ ، نہ پہِ چھُسے نہِ چُون ژوُر
کیناہ وۆنُھ مییہ چھا تھوومُت
وَپھِس منز ژھایہِ ہول ؟
یہِ چھا چُون ہم جنس ؟
میے چھَ اَز تام خبر
میُون دِل چھُ اکھ مازلوٚ تھُر
نَرم تہ آوُئل
سُہ کر ژوٚل تہِ وَٹھ دوت اتھ جایہِ ؟



# بناوتھ

وقتاہ گو

کُلۍ لنگ لنٛجہٕ شیرتہٕ وۄڈ پداٖون میۄوہ میٹھۍ مُدرۍ

پٔنہٕ گون کُلۍ شیہجار ڈُچھتھ آے رنٛگہٕ رنٛگہٕ جاناوارژٕ ستھ

کُکِلہٕ قُمری کستوری تہٕ بُلبُل

دِددرہٕ تہٕ جل، ژٕرِ ہارہٕ تہٕ سٕتُتہٕ

بیٚون بیون لنٛجہٕ کیٚاہ شیرنِکھ پأرنِکھ

بولی پننہٕ پرٕتھ جاناوارس

صُبحک پہٕ جیوُر گنٛدِش کٔرِ یُس بوزان

آوازن ہوٚند میٛول باسان

اکھ آرکسٹرا

وَقتاہ گو

کُلۍ ککرِ یوٚتُل گژھِ کار کُلس

دیٚلۍ ٹُلۍ ہُس زٕنہٕ زخمن کرٛأرۍ

رٕبیہِ اَرسات گوڈٕ ہنہٕ تَل کُن مُولن تامتھ کرٛ ینس آی

کاد ژٕرن ہنٛدۍ دشمن سینٛے ی

گانٹہٕ تُل کُلۍ لیمن اٗتہٕ کار

رٕنِیہِ گَیہِ کُوران أندرِی گوڈٕ ہینٛڈٕ تیہرِ سس تام
پَنٕہ گوٚن باڈُو داریہِ کُل چھٕندریاو
پٕتہ کُلی کھوٚکھریارَن بارُودِتی
ہشٕگہِ منگہِ ہرَدٕنی زردی پنٕہ کِس گِنرِس پھیر
واوِرِ لنگا اَکھ آیہ پٕتہ دِنٕہ وِتھ ترٛووُن کُل
کُلی لنجہِ نینٛتھ تَنہ اَکھٕ چھینہ حأران
ہورکُن اَکھٕ تُلی تُلی کیاہ تام منگان
صُبحکہِ وَقتک چیوٚر گُیُش دم پھُٹ
گکی لیٚن کُوکُو قُمریٚن یاہُو مَشر پھ گوٚ
از وأنا کھ لنجن ہیٹھ سأری ژھوٚپہ دَم ہینٛتھ
دِگہِ دِتھ پأنے پأنس رنیہِ ترٛڈ
رَتہ سٔرِ کرِ کرِ ہوٚمہ راوان
اَلنفسی النفسی یاران
نینٛتھ نوٚن کُن تے کیول کُل ہوٚکھ ہارِ دزان



# پگاہ

ہوٚمہِ کوٚہہٕ پتھ کُن
نارٕ سمندر ژٔری پھتے
شہمار آرٕ کتر نڈٕلی کرٔی کرٕی بُتھہٕ وُچھہِ نکھ

بنیہِ کینہہ قدمے بیٛزِ نتھ
کرٕیہنین راٗژن ہشہِ کیٛہٕ کال تہٕ ویہوَل

سوٚر سوٚر کرٕ ونہٕ
گُنسہٕ وُچھکھ لٹوٚ پہٕ نس پژاران
ژھوٚپہٕ دم لاٗگتھ بس ژٕبے پژاران

بنیہِ کینہہ قدمے نیرتہٕ
پھوٚلہٕ وُن خوٚشہٕ وُن باغاہ بُوزم
آشن ہشنز برجستہٕ پھُلے چھس

اٗزی کین زخمن ہوٚ تہ مہلامہٕ
تہٕ نارٕ ستین ہشز دگ شیٛہلاوان
رٕتہٕ پھُٹٕ قدمن لوٕسُن کاسان

میٛہ تہِ ای لوزُم ہزانہِ خدا



# زُون

گٔژ کٔژ بیٚنیہِ گاہ ترٛاوان زُون
وِسہِ ناوان رٕنزٕ ناوان زُون

اوٚند پۄک کھٔٹ کھٔٹ تھاوان راتھ
پٔرزلاوان لوٚتن باوان زُون

تارکھ تھٲوِتھ نالی نال
چھوکھ سٲنی گٔنزراوان زُون

شامس پرٛاران اَچھ لوسان
سَحرٕ برٛوٚنٛہہ دگ تھاوان زُون

آیہ سَرن منٛز ڈٔنگ دی دی
تَن ژھیپٕہ ژھایہِ چھُہ ناوان زُون

رۄپہٕ رٕنگٕ بالَن ہاوِتھ پان
سۄنہٕ ژلہٕ مایاہ چھَاوان زُون

ژٕلِہ سے وأنِج شہلاوان
نَتہٕ أندری وُہہٕ ناوان زُون

زُون أچھن لجٕ أتَس پٔتاران
توتہٕ چھِ أسی ھتبکہٕ ناوان زُون



# "بارخدایا پاپ نوار"

(حضرت شیخ العالمؒ)

لُبہ لُبہ رووم ازلگ یار
ییلہ ییلہ سپدوم آہنکار
نارہ بہ سہندہ تتہ کبھ لبہ تار
"بار خدایا پاپ نوار"

وقیچ وگ گیہ یلہ، گو پھیار
زہ ہتہ لتہ رگن کھینہ کھڑکھ یکبار
لودآس ہنی وارفتار
"بار خدایا پاپ نوار"

ڈٔی ڈٔی لوسس پرتی وبکھڑار
اُہ گنڈ پاپن ہندی انبار
شتراہ پھوُر نفس آمار
"بار خدایا پاپ نوار"

زِتھ کرٕی کرٕی گے سَنٛخ بیوار
کرٕزِ رۆس ٲڈۍ اسِہ یمہٕ کھۄڈ دیٚار
بُھتِہ آمُت ووٚنِ سُی وہلوٕہار
"بار خدایا پاپ نِوار"

من ہستم پٕچھی لٔلہٕ وُن نار
گوڈِ سأرِے مدٕ ہستی مار
اِدِ سَپدن نارس گُلزار
"بار خدایا پاپ نِوار"

اَسہِ وُنِنٛد سمسار پنہٕ نُی یار
ایمان سُونُی دَن تَے دیار
ہِترین ہوٚند شِسرین اَنہار
"بار خدایا پاپ نِوار"

مایا زاکِو پیٚین مُدٕوار
ژیٚتھ اَتِ شُترو کنین ژھوکہٕ وٲلیتار
تَتہٕ آسہِ پزٕ بتھ اندٕ ہاہاکار
"بار خدایا پاپ نِوار"



# یٰلیتنی کُنتُ تُرابیٰ

دوہ کُڈُ گومُت یہٖ ژٕنہہ ژٕنیہہ اضطراب
ژاٹھ دٕ یہٕ وُن ناہ نیہٕ واُناکھ خاب

شوٗپ انبرٕ نیمہٕ نبہرٕ لجٔ ریتہہ ژٕد پأری
واو ورزن واو یتہ نۆ درٕ ذقہ چھُہ آب

نکھ دوان یہٕ نبہٕ نس شوس یہٕ کھ گاٹلاہ
کاو کھتھ اسمان ژھولش ہیمتہٕ عتاب

مسلم بے پژھہ گو شرافت بے دیقار
دو ذٕ گلہ زٕ کھٹہٕ تھٔپل وتیکو نواب

بدزبانن ناسہٕ ترٕاسن احترام
جأری ہمہٕ عأقل یہٕ زیرک ہمہٕ کذاب

چارٕ سَازو چارٕ کوٚر پَنٕہ نُی مَسا
دِتۍ یِمَو بارَو تہٕ گَے وارَے خراب

اڈٕ کھشے احساس پیوٚمُت ژھرٕ ٹھ دِوان
وۄنی ہِلالس وِردٕ بَس "کُنٕتُ تٕرُاب"



# یٰلیتنی کُنتُ ترابٰا

دوہ کڑٕ گومُت تہٕ ژھٕنہٕ ژٕ نیٚہہ اضطراب
راتھ دٕ یہٕ وُن نارٕ نیتہٕ وٲناکھ خاب

شوٗی انبرٕ ونیٚہ نمبرٕ دٕ لٔج ریتہٕ ژدٕ پٲری
واد دِرزِن واد یتہٕ نزٕ دٔرٕ نقہ چھُڈ آب

نکھہ دِوان پیٚنہٕ نس شوٗس پیٚرٕ نقہ گاٹلاہ
کاو کھشتی اسمان ژھولُس ہیمتی عنقاب

مسلم بے پژھد گو شرافت بے دیقار
دوٗدٕ ۔ گلر زِنکھٕ ٹھپل وتیٚہکی نواب

بدزبانن ناسہٕ ترٲسن احترام
جٲری ہمہٕ عاقل تہٕ زیرک یمہٕ کذاب

چارٕ سازو چارٕ کوٚر پَنٕہ نُ مَسا
دِتۍ یمَو بارٕو تہٕ گےٚ وارَے خراب

اڈٕ کھشے احساس پیوٚمُت ژھرٕژھٕ دِوان
ووٚنی ہِلاس وِردٕ بَس "کُنُتْ ترُاب"



# ہاؑل

اَرٕخ کھُو، ٹٕھڑ وٕن زھـر، یُو ہے یہِ کیٛاہ
اَسہٕ ہیٛٹھ، ہوٚٹ تام آوُرمُت میٛہ زن
ویٛہہٕ ٹیٛٹھ وینَن

تیٛلہِ میٛہ اوسُم ٹیٛچھر ستیٛن حسبِ حال
چھَچھہٕ کھٕتری اوسُس کران زن

مرژٕہ وانگن ہی تیٛلان اَسِم تہٕ رَتھ وأرٕج جوان
گوٚکمی کالاہ زٕٹھڑ وٕنی چوٚن تہٕ شُو ہُو شو کرٕن

بے قرأری سُے تہٕ کرتہٕ چھر سُے بہم
اوٚش وَسان دَدرایہٕ تیٛہہٕ مُو حسوس سٕنٛ

پوٚز وٕل بتہٕ اَمہٕ ٹیٛچھرُس روزِ تھ ہیٛکا
یُس ٹیٛچھر میٛانیٛن رگن میٛانیٛن رُمن گومُت شٕرپتھ
میٛونُن لوٚزُک اَس اَمہٕ رُس بھیٛہہٕ کران

ووٚذٕ رگن ہوٚند سٕرتہٕ ذیٛہنس تیٛہہٕ ٹیٛچھر
ووٚذٕ ہسأگے دوٚہ زیٛٹھِ اوس ویٛہہٕ ٹیٛچھر
ہٕشرٕ تُرسی باسان ٹیٛچھر بدنس وِل ما
ووٚذٕ اپھر دٕھڑ چھُتہٕ رُٹُن، ژٕالُن ٹیٛچھر

ؤہی ٹیٚچھر وۄنی چھُم اژھہن حصہٕ وأنٕسہِ ہۄنٛد

ناوٕ ٹیٚچھرُک میانہٕ باپتھ بس تیتھیُ

کڑالہٕ وارٕنی "نوش لب" "موصوم شاہ"

یا چھُ حبہٕ خوتوٗنہٕ ہۄندیُ لولہٕ بأتھ

"روشہٕ روشے پوشہٕ متہٕ جانانہٕ ہو"

نٔتہٕ سہٕ مَس خیام یمۍ کوٗر لازوال

الکھ روٗسُل میرنی غزل یمۍ کوٗنگہٕ رٕتہٕ پأراوکوٗر

نتہٕ یہٕ زن حأفظ ونان کیاہ تام کنٛژ ٹیٚچھ یارٕ سٕنٛز

اَزمی ٹیٚچھرُک چھُ لذت تیتھُے

یٕمیچھر لۄیہٕ کیتھہ



# عیدرؤف

بایہ دیدار دِتہٕ لو عید آیم ییتہٕ لو
لولہِ للہٕ وتھ بتہٕ لو عید آیم ییتہٕ لو

روزٕ یمہٕ درِ شوقہٕ سان رأضہٕ تھوٚون رمضان
شأدی تس از چھتہٕ لو عید آیم ییتہٕ لو

عیدگاہ نیرَو دُوان تکبیرن گژز تُلان
وِسہٕ ناوَو وتہٕ لو عید آیم ییتہٕ لو

سٔجدٕ کرٕ ہو لولہٕ سان شوقہٕ اسہٕ پالوٗ قوٗران
ادٕ سَرو یژٕ وَتہٕ لو عید آیم ییتہٕ لو

لول برٕہو یاٚہ وٲنی رُت سرٕہو مان مٲنٕی
دِے کرٕ ہو ژھیٚتہٕ لو عید آیم ریتہٕ لو

نبیؐ صاٲبَس اَپٕہ بود
ڈالِہ اسٕہ سوزو دوٚرُود
رأضی گرژھِہ ژیٚتہٕ میٚتہٕ لو
عید آیم ریتہٕ لو



# بوٚنۍ

گرٚیشمہٕ کالَس منٛز شیٖہُل شیٖہجار بوٚنۍ
یترِ ترٕ نیارس ہُمدر پیٖنہٕ نار بوٗنۍ

مأری منٛز تَے مایہٕ ہٕشرِ وُسیٕ وار بوٚنۍ
شوٗپہٕ ونۍ کَستام سُنٛد آکار بوٚنۍ

دوٗر تامتھ سایہٕ بھاوان آیہٕ تن
رُودِ شۆنزاینن موج ہِش بیٚچھ دار بوٚنۍ

گُمہٕ ہٕتس پژھ دیتہٕ گَنٛتس واوِج کران
بینٛن پہٕ وَرتاوان بختاوار بوٚنۍ

سأنی کمہٕ کمہٕ رنٛگ وُچھان راتس دۄہس
سأنی کأتیاہ بر أنٛدرِ للہٕوان بوٚنۍ

سانہٕ تھزٕرٕچ، عظمیچ مۆلہٕ وِنی مِثال
تھٔزبلند بالاہٕ بارٔڈ و دار بوٕنی

سونتہٕ وِزِ سبزا سبز مخمل والان
ہردِ کانٔس زرد نارو نار بوٕنی

یاوٕنٔس ماران ژھوہ یاوُن مُژاہ
بأیہٕ بأنے چھم تٔتُند اہمار بوٕنی

سأنی وِلوٕ ہارن اندری زوٗس جگر
ژالہِ کوتاہ مشزی ژھٹان زٕنہٕ نار بوٕنی

ہارِنٔس تاپٔس اندر باسان ہِلال
جنتٔک پروانہٕ تے اقرار بوٕنی



# نذرِ پروفیسر محی الدّین حاجنی

کأشرِ نیک دگ دار دلبر حاجنی
کأشرِ نیک وُچھ وار شہپر حاجنی
کأشرِ ین ہوند یار رھبر حاجنی
کأشرِ س بخت سِکندر حاجنی

کأشراہ کأشُر قلندر حاجنی

اوس شوڈ منہ کہتھ وَنان اوس صاف صاف
علمہ پوتلاہ پیٹھ زانہہ دِتہ چھلاف
عمرِ عمران یس نہ وے لاف وگذاف
یٔر پی سندِ جأبرن دِل گے شگاف

کأشراہ کأشُر قلندر حاجنی

پھانپھ لأون راتھ دوہ کأشر زبان
کأشرِ نِت کیناہ گوأی دژ پأری زان
اچھِر پیٹھ لفظن تہ نظم و نثر سان
آلہ وتھ آرام نٔو دوس گوڈ بران

کأشُراہ کأشُر قلندر حاجنی

یَس دِلَس وُسعت تہٕ فولاًدی عزم
پھیوٗر ماپتھ ییٚلہِ تُلُن برٛونٛہہ کُن قدم
صَدمہٕ وونُٹس کاًشرٮ۪ن وُچھِو وُچھو ستم
سٔتجٮ۪ن مشٕز رود قومس ہم قدم

کاًشراہ کاًشُر قلندر حاجنی

حق تہٕ پوٚز اسلام بَو زانان یُس
صاف زاران معنےٰ قرآن یُس
صاحبِ اخلاص شوٚد اِنسان یُس
مانچھ پزرس باًطلس وہہٕ کان یُس

کاًشراہ کاًشُر قلندر حاجنی



# ژہێن چھ لار زُوو

وَنِکھُت اَزار زُوو　　　اَندری چھُ کوران مَن
وُچھَن نہٕ یار زُوو　　　نَظان میٖنہٕ چھَم ہَن ہَن

نہ سُم نہٕ تار زُوو　　　ژھینیٚ نہٕ کاہنہ تہٕ گَتَن
کُنی نہٕ وار زُوو　　　چھ گنڈیٚ وَتن تہٕ کَھتن

کریوم شُمار زُوو　　　چھوکل میٖنہٕ اَسم تَن
تُلُن غُبار زُوو　　　نہٕ بے وۆلُن دَفتن[1]

تھووُن نہٕ سار زُوو　　　نہٕ مورَنس نَسیمہ یَن
سَمے بے عار زُوو　　　سَمے بے بُھتہ رَہزن



---

[1] دَفتن = دَفعتاً

سُہ دۄہ بہار زُوو وۆلُس پہٕ خوٚلہِ خَطن
نظر اَوار زُوو ہِشلس پُھہ لُجہٕرسَن

کوٚہ جاپہٕ وار زُوو اگادِ گےٚ باغَن
پہٕ کینٛتھ بہار زُوو ہٕرِتھ ہیٚوان بامَن

ژوٚہ پاٚرۍ نار زُوو دِوان چھہ طرفاتَن
کرِتھ یہ کار زُوو تِمے پرٛژھان کیٛاہ سَن



# اَز حقس لوٚٹھیوٚ منظوٗر ہاشمی

(سیدٕ علی منظور ہاشمی سٔندِس وفاتس پیٹھ)

نارٕ کٔرٕکھا ہش یہ کیٛاہ سٔنہٕ پھٔیارگو
کُنہٕ بُنیُل گو، ترٛٹھ وُزھا کٔنہٕ مارگو

نُکھ دِیان نوٚن نب ووٚلُن گیہٕ کار مُنٛتھ
ہوٚپ تہٕ دوٚپ ہیٚتھ کوٚل تہٕ زوٚر سمسارگو

کأشرِ یُت ہاران اوٚش ناران یان
کأشرِس شارس دِیان غم خوارگو

نظم دَم پھُٹ غزل وَچھ ژیٹان وُچھم
مرثِیَن ہوٚند جودگر دَگ دار گو

رأو ترتیبٕ عروضن شاعری
بحرگئے وأران وَزن مِسمارگو

اُرضِ وطنسؔ" پلوٚترٕ دگ ہش از تیٚلان
کأشرِس نشرس دیان لۄٚپارگو

زُورِ پیٚنھٕ ہیو بزمِ اَدبُک ژوٗنگ پھُٹ
ہیٚتؠ باجن روو حیٚنس گیٹہٕ کارگو

گُل ہٕرِتھ پیٚیہ شالمأرن اَچھِ وَلن
ھَرِدٕ ژھیٚٹِہ ووٚل از لِشاط ازکارگو

گُلو چھ مُوران خون ہاران اھلِ فَن
کأشرٕ ژیک اَکھ دوس اکھ فن کارگو

از حقس لوٗٹھیوو منظورؔ ہاشمی
سوے جنتھ ، جُنتُک حق دار گو

کمٕ ۔۔فت ویٚژھ ناوِکھ تمی ہیٚندِ ہلالؔ
دوٚستن ہوند دوس عِلمُک یارگو



ؔ مرحومہ ہشزکتاب "ارضِ وطن"

# مٹہٕ کٕس کھوٚت

اِرادن ہٕندین بالن گوٚسمہٕ سوٚتر
سُو نِچکو سوٚدرٕ ہوٚکھی ژٕکس تام

ژٕیتہٕ صدفن ہوٚند موٚختہ گوٚ پھلہِ پھلہِ
تٕھ لبتہٕ شیشہٕ تینشٲلی ویگلاوی میانی أندرِمی ہارتایَن

وُہہٕ وِنہٕ وأنجہٕ تہٕ لظرن ہٕنز شولہٕ وِنہٕ ریٚہہ
زالی وٕ میدن ہندی شیتل گٕہلِ وَن

ہُمن گوٚ دِل نِلہٕ وَکھُٹہٕ تہٕ أچھن گوٚ کھٹین۔ بٕرٕزناوَنے تہٕ کٕہی
أتھن منز چھکھ نیزٕ تہٕ سَمبا جِلکھ کمانہٕ

ادٕ وِل یِمہٕ تیرلاین تہٕ لیُس کنہٕ رُود میٚہ کن کرن
نہٕ چھُکھ رُوا

ژھینکی بینن تہٕ مُدوار کھٕتی پلَن پایہٕ سیٚنٹھاہ تھوٚد
بہٕ پانس تام وٕ پٕر۔ کسہٕ کوٕین ہُنٛز چھینہٕ کیتھے
گُبہٕ لیٚو کوٚربے وایہٕ شیٚہجارس باپار
تہٕ دیارن آیہٕ کوٚمبہٕ کرنہٕ
تابٕری مأدانَن منز کھٕژاسمان تام منٛدوِر

فُلیٹن[1] منز لگو فین[2] نہٕ ہواہ ہیوٚتُن یَسلہِ چلُن

بُسکین بیٹھ اندرٕ فینَن ہوٚنڈ ہوا چینہٕ

تِکیاز ہِموَ بیوٚ نیٚبرِم سورٕی ہواژٕ ہیتھ

بیتھ رُودُس بہٕ، میٚہ چھا شاہ ہیوٚن کیٚنہٕ دم بھٹو گرٕژھن

تِ کَس کھوٚت مٹہٕ



1. FLAT  2. FAN

# تہنیت نامہ

ازچھُ پھوّلان کمرازِ مراز — میوّل چھُ گرٛشان کمرازِ مراز

بُلبُل خوٚش خبراہ ہیتھ آو — گُل مُشکان کمرازِ مراز

مائے تہٕ محبت وَرتاوان — لول بران کمرازِ مراز

اُسہٕ ویٖنہٕ سو بجہٕ اُسنہٕ آمتی لور — وِسہٕ ناوان کمرازِ مراز

یژاہن یارن ہُند اخلاص — رنٛگ چھُ ژھٹان کمرازِ مراز

گلزارٕسٕ[1] از روزِ سعید[2] — رنٛزِ ناوان کمرازِ مراز

تیوٚ بلہٕ کہٕ طرفے کھوٚت اختاب — گہہ تراوان کمرازِ مراز

باغِ سعیدُک لوٚ ہوٚت پوش — مُشکاوان کمرازِ مراز

شاہ باز وٚلنسا کِنہٕ شاہناز[3] — کیٚاہ شوبان کمرازِ مراز

یمہٕ گلزارٕچ جٔنٛتچ حُور — مُشک ژھٹان کمرازِ مراز

پرژزلان ازچھ ژدٕ دأہِم زون — نٔچہٕ ناوان کمرازِ مراز

بٔن چھُنہٕ فرقن طرفاتن — از باوان کمرازِ مراز

اُسی چھ کران مبارک باد — لول وہندان کمرازِ مراز

پرژزلن یمہٕ اختابہٕ تہٕ زُون — اُسی چھ یژھان کمرازِ مراز

مشکٕتہٕ ہلالہٕ خدا تھاوِن

اُسہٕ باشان کمرازِ مراز

---

[1] غلام محمد بٹ عرف گلزار صاب۔ کورِ مول ساکن ادکے کولگام

[2] قاضی محمد سعید۔ گوبر مول ساکن دلنہٕ ورگل

[3] محمد عرف شہباز [illegible]

